ریتہٕ وار

# کاشُر ادب

نگران:

- اوتار کشن رہبر
- محمد یوسف ٹینگ
- فاروق نازکی
- چمن لعل چمن

ایڈیٹر، پرنٹر، پبلشر

- غلام رسول سنتوش

ناشر:

- بزمِ کاشُر ادب، سری نگر

کیپٹن پریس
سرینگر

بزمِ کاشرِ ادبُک
ترجمان
کاشُر
ادب

سالانہ چندہ
۷ روپیہ
فی پرچہ: ۶۰ پونسہ
جلد ۲
شمارہ ۲

شمارہ جنوری، فروری، مارچ ۱۹۷۰ء

# ترتیب

# گوٗڈُت !

”کاشُر ادب“ چھُ اکہِ نوِ دورٕ منٛزی گٔژھان۔ یمہٕ دورُک مقصد چھُ کاشرٕ زبٲنی ہندٕ خاطرٕ تیٚمہِ وسیع وٕ تہٕ تلاش کرٕنۍ یمو سیتی کاشر زبان تیزی سان بروٚنٛہہ پکہِ۔ ”کاشُر ادب“ کاشرٕ زبٲنی ہنٛد موتبر، مہذب تہٕ مؤثر ترجمان بناوُن۔ یہ پورٕ ظاہری پاراوہ سان پیش کرُن یوٚدوے براہِ راست کاشرٕ ادبکہِ ادارٕچ کٲم چھِ امہ پوٚز یہ عزیز مقصد ہیکہِ تیٚلی بامل بیٚتھ یلہِ تہنٛد مضبوط اتھ واس اسہِ سیتی آسہِ۔ تہنٛز کٲم چھِ اسہِ رنگا رنگ موضوعن پیٚٹھ بہتر مواد میسر کرُن تہٕ رسالہٕ پانہٕ ۔ ژُلہ ہیوٚن تہٕ دوستن اچھ کل کڈٕنۍ۔ تہٕ کیا نہٕ مٲلی معاملہ چھُ سارِوے کھوتہٕ نوٚزُک معاملہ بسٕ باقی تمام مشکلاتن ہنٛد گوڈٕ بنان چھُ۔

اسی چھِ بیٚیہِ کوشِشہ منٛزٕ زیم دوست کاشرٕ ادبہٕ خاطرٕ لیکھن تمن گوٚژھہ کم قبیل مٲلی معاوضہ تہٕ میلُن۔ مگر یہ ہیکہِ تیٚلی پورٕ سپدِتھ یلہِ یہ رسالہٕ زیادٕ وسیع حلقن تام واتہِ تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ زٕرت تہٕ دلچسپ بنہِ۔

——————— ادارٕ

# کلامُ اللہ

## (۱) سُوْرَۃُ الفَاتِحَۃ

———— مَکِّیَّۃ

آیۃ ———— ۷

رکوع ———— ۱

بِسْمِ اللّٰہِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ (۱)
اَلْحَمْدُ لِلّٰہِ رَبِّ الْعٰلَمِیْنَ (۲) اَلرَّحْمٰنِ الرَّحِیْمِ (۳)
مٰلِکِ یَوْمِ الدِّیْنِ (۴) اِیَّاکَ نَعْبُدُ وَاِیَّاکَ
نَسْتَعِیْنُ (۵) اِھْدِنَا الصِّرَاطَ الْمُسْتَقِیْمَ (۶) صِرَاطَ
الَّذِیْنَ اَنْعَمْتَ عَلَیْھِمْ غَیْرِ الْمَغْضُوْبِ عَلَیْھِمْ
وَلَا الضَّآلِّیْنَ (۷)

### اُردو ترجمہ

مرحوم مولانا محمد علی صاحب

اللہ بے انتہا رحم والے، بار بار رحم کرنے والے کے نام سے
سب تعریف اللہ کے لئے ہے (تمام) جہانوں کے رب
بے انتہا رحم والے بار بار رحم کرنے والے ○ جزا کے وقت کے
مالک (کیلئے) ○ ہم تیری ہی عبادت کرتے ہیں اور تجھ ہی
سے مدد مانگتے ہیں ○ تو ہم کو سیدھے رستے پر چلا
اُن لوگوں کے رستے (پر) جن پر تو نے انعام کیا۔ نہ اُن کے
جن پر غضب ہوا۔ اور نہ گمراہ ہوں کے ○

### کاشُر ترجمہ

عبدالرحمان آزاد

اَنِتھ رٕوس رحم کرن واوٕل، پوٗتُس ہیتھ رحم کرن واوٕلی خوداین
سٕندِ ناوی۔

ساری تارٕیف چھ خداین سٕندِ موکھ (یُس) عالمن
ہنٛد رچھن وول، پوٗتُس ہیتھ رحم کرن وول، (تہٕ) بدلہ
دِنہٕ کِہ وقتُک مالک چھُ۔
اَسی چھ چانی یوت بندگی کران تہٕ ژٕ ییٚ یوت چھی اتھ ووٚد
منگان۔ اسہٕ ہاو تہٕ سیٚز وتھ۔ تِمن ہنٛز وتھ، یِمن پیٚٹھ چون
انعام چھُ۔ تِہنٛز (وتھ) نہٕ یِمن پیٚٹھ غضب سپد تہٕ ییہ نہٕ تِہنٛز
(وتھ) یِم وتہِ ڈٕلی۔

---

(نوٹ:۔ یِمیک تفسیر کرو اَسی آینده شمارس منٛز پیش ———— ادارہ)

# ادبی ڈایری

ادیب

## برٹرینڈ رَسل!

یہ عالم گوٕو بٔنِیہٕ اَکِس عظیم انسانس رٕنِشہ خٲلی۔ عالِم، فلسفی، انسان دوست، ماہرِ حساب ماہرِ تالیم ـــــ یِم سٲری اوصاف تھاوِن وول رُت تہٕ پایہ بوٚڈ انسان برٹرینڈ رَسل سُپُد ۲ فروری ۱۹۷۰ء رحمتِ حق۔

رَسل اوس ۱۸ مئی ۱۸۷۲ءس منٛز زامُت سُہ اوس وٕنہٕ ترٕہہ وٕہرِ لُس ییٚلہِ ماجہ بٲپہٕ شفقتہٕ رٕنِشہ بوٚڈ کھیوٚن۔ تٔمی سٕنٛز پرورش کٔر تٔمی سٕنٛدی ڈدٕہ بَبَن تٔمی یِم امتحانات ریاضیات تہٕ اخلاقی سائینس منٛز پننہِ تعلیم دوران پاس کٔری۔ یِمن سارِنی منٛز کوٚر تٔمی اکھ امتیازی درجہ حاصل۔ ۱۹۰۸ اس منٛز ییٚلہِ سُہ ۳۶ وُہر اوس لُس سیٚز رائیل سوسایٹی منٛز فیلو شپ حاصل۔ علمی سرگرمین لٕرٕ لوٚر سُپُد سُہ سیاستس کُن تہٕ راغب تہٕ فیبیَن (Fabian) سوسایٹی منٛز کوٚر ن اَمہٕ

دلچسپی ہند اظہار۔ سُہ سُپُد ترٕ یہ لٹہٕ پارلیمینٹہٕ کین انتخابن منٛز بطورِ اُمیدوار کھڑا مگر زیوٚن نہٕ زانٛہہ۔ سُہ اوس اندٕ وٕندٕ جنگُک زبردست مخالِف۔ اَمہٕ خٲطرٕ پیوٚ لس جیل تہٕ گژھُن۔ پننہٕ مشہور کتابہٕ "فلسفہ ریاضیاتُک گوٕڈٕ" چھُ تٔمی جیلس منٛز لیوٚکھمُت۔

تٔمی لیچھِ وارِیاہ کتابہٕ مختلف موضوعن پیٹھ۔ تٔمی کٔری وارِیاہ اعزاز حاصل یِمن منٛز لس نوبیل پرایز تہٕ شٲمل اوس۔

ارل رسلس اٲس ہندوستانس تہٕ ہندوستان کین مسلن سیٚتی کٲفی دلچسپی

سُہ اوس شُمٲلی ویٹ نامہ کین

لُکن ہند طرف دار۔ سُہ رود ویٹ نامہ کین لُکن خلاف امریکہ کِس ظلمس نِشہٕ وانہٕ لانہٕ تانہٕ کران۔ برٹرینڈ رسل اوس انسانیتُک رُت کانٛچھن وول۔ سُہ اوس یمہٕ کتھہ ہند قایل زِ لُکن گژھِ بلا جبر پننہٕ

مرضی ینہٕ سرکارٕ پانہٕ بناونٕک اجازت ینہٕ دِین -
رسل مود مگر تمی دیُت سُند جیرد تہٕ - تمہٕ سُندی
گوٕن تہٕ کارنامہٕ ین ہر ہمیشہ بچھر نہٕ !

## تھیٹر ورک شاپ

رٕیہس کوٗر ریاستچہٕ کلچرل اکاڈمی اکہٕ ڈراما
وٗرک شاپُک اہتمام - بہٕ رٗودٕ اکیمہٕ فروری پیٹھٕ
۲۱، فروری تام جاری - جُمہٕ تہٕ کشیرِ ہندیو لگ
بھگ ژٕ تہٕ جٕہہ سٹیج اداکارٕ علاوٕ کٔراتھ ورک
شاپس منز کینژٕ مقامی تہٕ غار مقامی ماہرو شرکت
یمن ماہرن منز آسی شری - ای - الکازی ( ڈایریکٹر
نیشنل سکول آف ڈراما ) مسٹر مکرجی ( لایٹ ایکسپرٹ
فائین آرٹ تھیٹر دہلی ) مسٹر شرما ( سٹیٹ ڈزاینر سانگ
اینڈ ڈراما ڈوِجن دہلی ) ، شری پران کشور ( ریڈیو کشیر
سرینگر ) شری واستو ( میک اپ ایکسپرٹ آل انڈیا
ریڈیو ٹیلی وِجن سیکشن دہلی ) تہٕ شری دینا ناتھ
نادم تہٕ جومکی شری ناتھ شاستری شامل -
غالبن یہ اوس سانس ریاستس منز پنٕنہِ
مسلک کو ڈنیک "ورک شاپ" یتھ منز سٹیج تہٕ
تھیٹرس ستی وابستہ اداکارن مختلف اداکارن
مختلف نزاکتن تہٕ زٕ آوٕ جارن ہنرزان پہچان
کرہٕ ناونہٕ آیہٕ - تھرڈ کلاس شاعرو کھوہ تہٕ بچھ
بے ننک یمن جیزن ہنرور یاہ ضرورت یوٗدوے
یمن ہند اہتمام جان پاٹھی سونچتھ سمجھتھ کرنہٕ ییہٕ
گُنہٕ تہٕ اکاڈمی ہنزہ کامہٕ ہندی اصل سرحد چھِہ
ییمے - اکہٕ وُہن دوہن ہندس اتھ ورک شاپس
منز پُری مختلف ماہرو پننی پیپر - بیٚیہٕ آو
اکاڈمی ہندِ ہ طرفہٕ ہندی ڈراما نویس موہن
راکیش سُند ڈراما " آدھے ادھورے " سٹیج
کرنہٕ - یہ کوٗر شری موتی لعل کیموہن پروڈیوس -
گاشرہ بوفن کارو دِیُت یمن دوہن دوران زٕلپھ
میلیتھ اکہٕ ورایتی شو - مختلف ماہرو یم پیپر
پُری یا تقریر کٔری یم زودی پننہٕ پننہٕ جایہ ساری
دلچسپ - ساری آسی سبٹھاہ زوردار - مگر یتھین
ورک شاپن ہند لازمی حصہ چھُ پریکٹیکل آسان
امیک اوس نہٕ کانہہ انتظام کرنہٕ آمُت - افسوس چھُ
یمہٕ کتھِ ہند یمہٕ سونچہٕ سمجھ سان یتھی ورک شاپ
منظم سپدنی گژھن تہٕ آو نہٕ کنہٕ نظرِ - باسان
اوس کلچرل اکاڈمی ہندین حاکمن چھِہ کیاہ تام
جلدی یمہٕ کنہٕ یم ڈلی ولی پوشنہٕ خرچاوُن تیزھان
چھِہ - تہٕ امہِ بانبرہ ہند وجہ چھُ ظاہر - سہ گوو
وٗری چھُ سورن وول تہٕ نو وٗمالی وری چھُ شروع
سپدن وول - کم از کم اکاڈمی ہُہوس اکس
کلچرل ادارس پزہٕ یمن کتھن ہند احتیاط کرٕن
نہٕ کیازِ امہٕ قسمچ وٗتاولی چھِہ بے ادبی زیادہ
ادب کم - !

## بائرن تہٕ نیپولین

اوترٕ فروری کس رٮ۪تس منٛز آیہٕ مشہور انگریزی شاعر لارڈ بایرن (۱۷۸۸ء — ۱۸۲۴ء) سٕندی کنٛہہ مَس وال لندنس منٛز ۳۲۰ ہن پونڈن (۶۴۰۰ روپیہ) اَمہ برٛونہہ کنٛہہ رٮ۪تھ آیہ نیپولین سٕندی کنٛہہ مَس وال ۷۰ پونڈن (۱۴۰۰ روپیہ) کٕنہہ۔ یِم اعداد شمار چھینہٕ فقط یہ کتھ ظاہر کران زِ مشہور انسانن ہندِ ہن مَس والن ہنٛز خرید و فروخت چھ اکھ نفیس تجارت بنیمٕژ۔ بلکہ یہ زِ "قلم چھُ تلوارِ کھوتہٕ طاقت وَر"!

## آہ! علی محمد فیاض

وترٕہیل بُڈگام کیٛ جوان سال کاشُر شاعر علی محمد فیاض گذرٮ۪یوو۔ پننی نوجوان آشنی تہٕ ترٕ بیٚہ لوکٕٹی موصوٗم شُری ہیٚتھ کُن ترٛاوِتھ۔ سُہ اوس ۳۸ ؤرُہ۔

خدا کرِ یٚس مغفرت۔ دوکھ لدیٚس ماندن کرِیٚس صبر عطا۔!

## ٹاک زینہٕ گیری لیٚس مبارک

ساہتیہ اکاڈمی یِم ایوارڈ یہ ہیٚتھ ورٕی علاقٲئی زبانن منٛز پیچھمِٕ ترٕ آمژن بہترین کتابن ہندِ ہن مصنفن دِوان چھ ۱۹۶۹ ہس کین یمن ایوارڈن منٛز چھ عبدالخالق ٹاک زینہٕ گیری تہٕ شامِل۔ ٹاک صابس سُید یہ اعزاز "کاشرِ یُک علاقہٕ واد پھیرہ تہٕ کاشُر زبان" ناوٕچ کتاب لیکھنس پیٹھ حاصل۔

ٹاک صاب چھ ۴۶ وٕہری۔ روزن وٲلی چھ زینہٕ گیر تحصیل سوپور۔

ٹاک صاب چھ پانٛژِم کاشُر ادیب یمن یہ قومی اعزاز سُپد حاصل۔ امہ برٛونہہ چھ یہ ماسٹر زندٕ کول، اختر محی الدین، رحمان راہی تہٕ امین کامل سُمرن، ست سنگرٕ، نور وزِ صبا تہٕ لوٗتہٕ پٔروہ ناوٕچہ کتابہ لیکھنس پیٹھ پرووٕمت۔ ساہتیہ اکاڈمی ایوارڈ حاصل کرن والین ادیبن تہٕ شاعرن چھ پانٛژن ساسن روپین ہند نقدی نامہ میلان۔ بیٚیہ اکھ ترامہ پوٗٹ لیُس تِہنٛزن بہترین صلاحیژن ہنٛز قومی سارٹیفکیٹ چھُ آسان۔

"کاشرِ یُک علاقہٕ واد پھیرہ تہٕ کاشُر زبان" کتابہ چھُ ۲۵ روپیہ موٗل۔ یہ کتاب سُپد ییٚمہ تٕلہ ۱۹۶۷ ہس منٛز چھاپ۔

اُمہ یمن کٔر اکس ملاقاتس دوران ٹاک صابس سٟتی ییٚمہ پٲٹھی کتھ باتھ۔

ادیب : ٹاک صاب - ساہتیہ اکاڈمی ہند قومی اعزاز حاصل کرنس پیٹھ کرٕ لوگوڈہ کاشرِ ادبُک ادارٕ طرفہٕ مبارک قبول -

ٹاک : شکریہ ! یہ اعزاز چھُ دراصل میٚنہِ بلکہ امیک سہرٕ چھُ میانین ہمٕ دوستن ہندِس اکِس یمو یہ کتاب ترتیب دِنس منٛز میٚنہِ مدد کوٚر -

ادیب : ییٚلہِ توٚہہِ یہ خبر بوزو زِ تُہنٛزِ کتابہِ چھُ ینامہ میولمُت - تُہندِس دِلس منٛز کمہِ قسمکۍ احساسات وۄتلییہ ؟

ٹاک : بس اکھ احساس - صرف اکھ - سُہ چھُس بہٕ محسوس کران زِ میٚ پزِ ہین یان قومہِ چین بجاٗیی تہٕ پایہ جاٗیی ہنزن کامن منٛز صرف کرٕن -

ادیب : قومچ بجاٗیی تہٕ پایہ جاٗیی ! یم چھِ وسیع لفظ - میٚ چھُ باسان امہِ قسمچہ خدمژ نیرٕ ییتھہ پاٹھۍ گیٚنہِ - ٹاک صاب ! تمہٕ کمہِ کامہٕ چھِ یمہ وۄنی بامل انکُ لوٚہہِ پروگرام بنٛومُت چھُو ؟

ٹاک : میٚ چھُ وۄنکیس شعبہٕ کتابہِ دِہلس منٛز - تِمن پیٚٹھ چھُ کام سپدان - مگر بہٕ چھُس محسوس کران

ادیب : کیاہ ؟

ٹاک : بہٕ ہیکہٕ نہٕ یہ کام چھوٚہ نیو اتھو اند واتنٲوِتھ بہٕ چھُس محسوس کران زِ اگر حکومت اکھ تحقیقاتی ادارٕ تشکیل دِیہ - صرف تیلہ ہیکن بہتر تہٕ پرژِ تحقیقی کامہٕ بامل ییتھٕ - انفرادی حیثیتس منٛز بہٕ کینژھاہ بہٕ ہیکہٕ کٔرتھ - سُہ چھُس بہٕ کران - مگر تحقیقاتی کامہٕ چھِنہٕ جان پاٹھۍ انفرادی حیثیتس منٛز بامل یوان - - - - -

ادیب : ٹاک صاب ! اکاڈمی چھِ وۄنکیس کاشُر ڈکشنری بناوان - چونکہ تُہنٛزِ ینامہ یافتہ کتاب چھِ لفظن ہندِس پھیرِس سیتۍ واٹھ - اکاڈمی ہندِس اتھ پروجیکٹس متعلق کیتھہٕ پاٹھۍ چھوٚہ تُہۍ سوچان ؟

ٹاک : ڈکشنری بناوٕنۍ چھِ واریاہ بُڈ کام - کینہہ دوست چھِ وۄنان اکاڈمی گژھِ لُو وری یہ کام کران مگر ہو وۄکھ نہٕ کینہہ - مگر ہم چھِ یہ کتھ منٛزاوان زِ ڈکشنری چھِنہٕ وری وادن تہٕ مکمل ہیکان گٔژھتھ -

اما پوٚز اسہِ پزِ وۄچھُن زِ کام کرن وول عملہ چھا سرکاری تنخواہ حاصل کرنہٕ خاطرٕ کام کران کِنہٕ قومی جذبس تحت تہٕ - اگر امہِ قسمک جذبہ آسہِ نہٕ - میٚ چھُنہٕ باسان یہ ڈکشنری واتہِ اندس یا امہِ قسمچ کانہہ کام سپدِ مکمل - میٚ چھُہ یمہِ کتھہِ ہنٛد تہٕ احساس زِ اتھ متعلق سیتۍ یُس اکاڈمی ہند عملہ وابستہ چھُ - تم چھِ

کُنژ تام نفرٕے۔ کُل بُٮ۪ل شیٚہ یا سٕتھ نفر۔ ڈکشنری چھپنہٕ شیٚیو یا ستو نفرو سیتی بنان۔ اتھ کامہِ سیتی گژھِ اکھ بٔڈ جماعتھ آسنۍ وابستہٕ کاشرٕ ڈکشنری ہنٛز کاشہٕ کتھ تُلنہٕ وقتہٕ ییٚزٕ اَسہِ گوڈٕ یہےٚ کتھ بروٛنہہ کُن انٛنۍ۔ !

ادیب: ٹاک صاب۔ شکریہ۔ بروٛنہہ کُن ملاقاتہٕ بییہ بنہِ۔

ٹاک: شکریہ !!

## کاشرٕ ڈکشنری

دَیان کاشرٕ ڈکشنری ہنٛد گوڈنیُک جلد چھُ چھپِتھ آمُت۔ یہ چھِ بے شک اکھ سوٚ خبر یُس یہ باوٕنس منٛز اسی بٔڈ شادمانی محسوس کران چھِ۔ اکاڈمی پزِ جلد از جلد یہ حصہ بازرس منٛز تراوُن۔

## ڈراما کلبن ہنٛز ایکشن کمیٹی !

کشیرِ منٛز ڈراما تحریک وُستاور کرنہٕ باپتھ چھُ سرینگرٕ کیو ڈراما کلبو یمہِ میٚن اکس دوٚن رٕتن منٛز کیٚنہہ خاص قدم۔ نوو وُری اژٕ وُنیٚ یعنی جنوری کِس دوٚیمیس ہفتس منٛز آیہ ڈراما کلبن ہنٛز ایکشن کمیٹی بناونہٕ۔ امہِ قسمچہِ ضرورژ ہنٛد احساس لگ بھگ پرتھ اُکس کلبس منٛز موجود اوس۔ امہٕ پٔتہٕ رنگ منچ ڈرامیٹک کلب سری نگرٕ کی سیکرٹری شری مکھن لعل صرافن دژ اتھ وُتش۔ یمو ییٚل تُلہٕ تلہٕ اتھ عملی دِس۔ اتھ کمیٹی آو یِم ساری قدم تُلنک اجازت دِنہٕ ییمہٕ وقتہٕ وقتہٕ تہٕ وزٕ وزٕ تھیٹرچہِ بہتری خاطرٕ ژرتی نتہٕ مناسب زانہِ۔ تہٕ مختلف مشکلات دُور کرنہٕ خاطرٕ موزون زانہِ ۱۱ مارچ ۱۹۷۰ء آیہ اتھ کمیٹی اکھ وسیع تہٕ بہتر شکل دِنہٕ۔ ورکنگ کمیٹی ہنٛد انتخاب سپد۔ انتخابہٕ پتہٕ آے مختلف عہدٕ ییتھٕ پاٹھۍ باگراونہٕ۔

(۱) صدر — شری اختر محی الدین

(۲) آرگنائیزر — شری جگن ناتھ سولپوری

(۳) سیکرٹری — شری چمن لعل زٕرونگو

(۴) جوینٹ سیکرٹری — شری مکھن لعل صراف

(۵) کیشر — حکیم زاہد

(۶) اکاونٹنٹ — موتی لعل کھرو

(۷) پی۔آر۔او — (۱) کماری بملا گنجو

(ب) شری چونی لعل کول

(د) شری موتی لعل مصری

وٕنکیس چھِ کشیرِ ہنٛدی یِم یِم کلب اتھ سیتی وابستہٕ (۱) رنگ منچ ڈرامیک کلب سرینگر

(۲) کلا کیندر سری نگر
(۳) پریم سنگیت نکیتن سری نگر
(۴) بھگت تھیٹر اکِن گام کشمیر
(۵) تھیٹر آرٹ سبزی سری نگر
(۶) ہمپوش ڈرامیک کلب سری نگر
(۷) کلانکیتن سری نگر (۸) لوزنگ ڈرامیک کلب سرینگر (۹) انڈین نیشنل تھیٹر سری نگر۔
(۱۰) وسنت تھیٹر سری نگر۔

آل تھیٹر کلبن ہنز یہ انجمن چھےٖ مختلف قصبن تہٕ سرین منز مختلف تھیٹر تہٕ کلب منظم کرنچ کوشش کران۔ تہٕ یم کلب مختلف جاین تعبرٕونہٕ پیٹھی موجود چھےٖ تم پانس سٍتی رلاونچہ کوشش تہٕ چھےٖ جاری۔

## پٕراگاش تہٕ چمن!

واریاہ کالہٕ پتہٕ کوڈ خبر نامہ پٕراگاش سالنامہ جنوری ہندس ریتس منز۔ یُس وزن دار اوس۔ ہرگاہ یہ سالنامہ سائیکلوسٹایل کرنہٕ بدل چھاپ کرنہٕ آسہ ہے آمُت تہٕ روزِہے زیادٕ بہتر۔ چھرا ٹایٹل کور چھاپ کرنہٕ سٍتی ژٕھج کانہہ نہٕ ڈُر۔ اکہ خبر نامہ آسنہٕ باوجود یوس خدمت پٕراگاش کاشرِ ج کران چھُ۔ سو چھےٖ ناد ہیٚنس لایق۔ جال تہٕ وزن دار سالنامہ بازرٕ تراونہٕ تہٕ باقاعدگی سان چھاپنہٕ باپتھ چھُ ادارہٕ تہٕ خاص کرتھ شیرہ ژٕ آرہ کرن والی جناب حبیب اللہ شاعر تہٕ جناب فرحت گیلانی مبارکی مستحق۔

پٕراگاشس سٍتی چھُ "چمنُچ" ذکر کرٕنُے تہٕ یمہ کنہ موجوب ضروری زِ اَمِچ ادارت چھےٖ وُنی مبر علام رسول نازکی صاٮ۪بنس اتھس منز۔ اَسہ چھےٖ وُمید زِ نازکی صاٮ۪بنہٕ سرپرستی منز کرِ "چمن" تم ساری توقعات پورٕ یم اَسہ اتھ سٍتی وابستہٕ چھےٖ۔ مون زِ چمنس چھُ ہیٚنُ اکھ خاص مادان مگر لوسہِ تہٕ گام کرنہٕ یِیہ ہے سو گژھہ ہاوُنی لایق تہٕ پایدار آسُن۔

## کاشُر ادب

زیادٕ لیکھو تہٕ زیادٕ شُوبہٕ وُن تہٕ زوردار بناونہٕ خاطرٕ چھُ ادارٕ پٕہ ہیتھ اکِس کاشرِس زنش داے تہٕ مشورٕ طلب کران۔

## زبان

ییتھ قومس پننی زبان آسہ نہٕ چھُ ہمیشہ وآران۔ زندٕ تہٕ بھورت زبان چھےٖ اکہِ قومہِ چہ زندگی ہنز بڈ علامتھ

# راے تراٹے

**کلام** | دینا ناتھ نادم

**تبصرہ** : اختر محی الدین
فرحت گیلانی

## ژۄر

میٖہ چھُ دژامُت کُس تام ژُور کرُن نقہ
ناحقے لاریوس چھیٹہ پۄنپر ژھارنہ وارین منٛز
اُچھہِ ناٹہٕ کرِتھ تنبہٕ لۄوُس از تام رنگہ ژھایو
دوہ دِہن گرٛہ رۄدُم زونم لۄب نے لۄب
ییتہ کنہٕ ینہٕ سۄرُے کُنہٕ تام، گو میٖہ پھیرِتھ
ٹکہٕ تابِکہٕ سوٚنتکہ ہردِ کِہ رنگ
ریتہٕ کالہٕچہ ژھانٛنٹہ، نہ شینہٕ شرط
اَسہٕ وُن شوقاہ، وسہٕ دُنی ماے
پیرٛ ستھ کُنہٕ ڈوٗدِ نقہ گو ژُور
تہٕ دۄنی کیاہ چھُم باتے!
اکھ پھُٹہ مرٛژ کانگر
تھقٕ منٛز شینہٕ ستٕجاہ۔

## گاسژُل

یتھ گاسہٕ تُلس گُبہ میٖانہٕ وَنَن
شرٛیہٕ اوشس تیلہٕ اوس پۄنٹ پشُل
داوس تہٕ مِن تاوس تہٕ ژمِن
وَندہٕ راٹن منٛز از رۄوس سرِیٖہ
کرِیچھ شیتھ پہٕ آون ایزِ تہہ
روزیتھ ڈٕنگ تھتھ ڈجِ ذات یٖنٛنی
کھورٕ تلہٕ دِرٛالیس بُتٕرا نقہ یٖنٛنیٖ
پھوکہٕ ستی پھیٹہ دکہٕ ستی بجورٕ گژھیس
ریٖشہٕ ہاوِیوس وُچھ لۄ تہٕ سور گژھیس

# تبصرٕ تہٕ تنقید !

نادِم صابنہٕ زٕ نظمہٕ پرٕ وٕ تہٕ ہیرٕ - میٚہ تہٕ پیرٕ - میٚہ چھےٚ یِنہٕ پرٕو ہنہٕ تہٕ نادِم صابنہٕ وارِیاہ نظمہٕ بوزمژٕ تہٕ پرٕ مژٕ - نادِم صاب چھ کاشرِ ادبکس بیٚتھ کالس منٛز بٔڑین بٔڑین شاعرن سیٚتۍ شمارٕ سپدان - یِہنٛزن نظمن منٛز بٔڈ ہیٚش خوبی چھےٚ تصویر بندی، یتھ انگریزی یا کٲٹ وَنان چھ - وارِیاہن ہنٛد خیال چھُ زٕ نادِم صابنِس ( ) ہنٛدِس کالس دوت نہٕ از تام بیٚیہ کانٛہہ شاعر -

میٚہ چھےٚ وَنُن یِہنٛزن دۄن نظمن متعلق یِمہٕ باتھ کٔرتی یمہٕ لوٚ تہٕ ہیرٕ تہٕ پرٕ ووٕ - اکس چھُ ناو ژٔور تہٕ دوٚیمہٕ گاسہٕ نُل - یہٕ کرٕ گوڈٕ دۄشوٕنی نظمہٕ پیٹھ کتھ باتھ یہٕ ونہٕ گوڈٕ زٕ یہٕ نظم چھےٚ نادم صابنیو عام نظمو لِسہٕ ہنا ڈلیتھ - میٚہ کوٚر لفظ ڈلیتھ ذا نتھ استعمال تکیازٕ یتھ جایہ چھُ میٚہ اتھ لفظس اصلی مانہِس سیٚتۍ کینہہ مانے گوٚنڈمُت - شاعر چھُ وَنان زٕ بہٕ اوسُس چھیٚٹہ پوٚنپر ژھارنہٕ درامُت تہٕ رنگہٕ ژھالیو دِسُس تنبہٕ لوومُت امی کنہٕ گوم وشنہٕ تہٕ ژٔور ژام - گویا چھیٚٹہ پوٚنپرِ تہٕ اسۍ بے حرنہٕ رنگہٕ ژھایہ تہٕ آسہٕ بے معول - ییم اسی بہٕ ہم

زٕ چیزِ یمن پتہٕ نیرِ آ۔ یہ وٕ ہا - تہٕ تمن پتہٕ نیرتھ کیاہ ژٔورن اکہٕ تانبہٕ - سونٛتکہٕ ہردٕ کۍ رنگ، ربہٕ تہٕ کاریچ ژہامٹ نہٕ تہٕ ستینہٕ شرط ـــــ سوال چھُ اگر چھیٚٹہ پوٚنپرِ تہٕ رنگہٕ ژھایہ بے معول چھ، تیلہٕ کیٚہ امانہٕ چھ ٹیکۍ تاپکۍ سونتکۍ ہردٕ کۍ رنگ بیترٕ معمولی؟ اکی قیمتکۍ تہٕ اکی معمولکۍ چیز چھےٚ رُتۍ - اَمر کیاہ زٕ ؟ چھُ اکھ چیز ژھارُن وقت راوُن زامان تہٕ بیاکھ چیز راوُن نقصان تصور کران ؟ حالانکہ راوُن وٲلِس چیزس ژھارُن چیزس چھُ کُنے معول -

دوٚیم کتھ ژٔور چھُ آسان درامت اکھ نیت کٔرتھ اُہنٛدِس نیتس منٛز چھُنہٕ آسان یہ جذبہ زٕ مالکس کرٕ نقصان بلکہ یہ زٕ پانس واتناوِ فایدٕ - اگر تس صرف مالکس آزار یا نقصان واتناونُک جذبہ آسہٕ ہا آسان - تیلہٕ آسہٕ ہا سُہ مکانس نار دِوان، جاداد کولہٕ ژھنان یا بیٚیہ وارِدات کران - اتھ مقابلہ چھُ سُہ معمولی چیز یتھ بے معول چیز اَنی تراوان - یہ گو عام ژٔور شاعری منٛز تہٕ چھُ ژٔور کانٛہہ خاص چیز ہیتھ ژلان - سُہ چھُ دِل ہیتھ ژلان یا شِلس پھِران - سُہ چھُنہٕ عاشقس میاد یا انٛز رنگ ہیتھ ژلان - گویا عام ژٔور یا محبوب ژٔور دۄشوے چھ یِنہٕ ضرور تکۍ تہٕ معمولی چیز ہیتھ ژلان - مگر یتھ نظمہٕ منٛز چھُ ژٔور [illegible] وان یتھ پانے شاعر چھُ بے معول،

تہٕ بے حسٕ زانان تہٕ یم چیز ژٔورہ نِتھ چھُ کم از کم ژُور پننہِ حسن پرستی ہنٛد ثبوت دِوان ۔

امہٕ باوجود چھُس بہٕ یہٕ ژُور زبردست دلیل مانان تِکیازِ ؤمی چھِ شاعرس "اسہٕ وُن تہٕ ژورِ ہیوُت تہٕ "وسہٕ وُنی ملے" تہٕ نیمٕژ ۔ یم چھِ یِزی پاٹھی شاعرٕ سٕندی متاع عزیز تہٕ ساقی تہٕ ۔ یہوے اکھ مصرعہ چھُ میانِس دِلس منٛز شاعرس نسبت ہمدردی ہنٛد جذبہ دٔہ تلاوان ۔ یِدوے یتھ نظمہِ منٛز تصویرن ہنٛد آسہٕ ہانہٕ بہٕ مانہٕ ہن یہ نادم صابنیو جان نظمو منٛزہٕ اکھ ۔

دیم نظم چھِ "گاسہٕ تُل" ۔ نادم صابنہِ شاعری منٛز گاسہٕ تُل اکھ سمبل ۔ برونٛہہ کالہٕ اوس یہ تھوٚد دٔنتھ دادہٕ طوفانن ہنٛد مقابلہ کران، نہ اوس واوس نمان تہٕ نہ نادس ۔ از کالہٕ چھِ اتھ ذات ڈجمٕژ ۔ کھورہٕ تلہٕ ستراتھ پرتھ چھِ اتھ مول پڑاٹنہٕ آمتی ۔ دوٚنی چھِ اتھ ترٛٹھ صورت سپزٕ منٛز زٕ یہ پھٹہ پھو کہٕ ستی، دھکہٕ ستی گژھِس چورٕ، تہٕ ریشہٕ سہے ہادوس سورٕ گژھِس ۔ اما اکہِ وقتہٕ طوفانن ستی مقابلہ کرن والِس اتھ گاسہٕ تُلِس تِکیازِ گیہ یہ حالت ؟ میانی کنی چھُ اتھ یہ وجہ زِ امِس اُرس موٗد طوفانن ستی مقابلہ کرنک جذبہ ۔ یہ روٗد لور سرٛیہس، امی پیٹھ لوٗد پان یتھ زن تہٕ سرٛیہ حاصل کرنہٕ کہٕ نیتہٕ ہیوتن واوس تہٕ سجدہٕ کرن تہٕ نادس نہٕ ادٕے کنی پیتھے وندہٕ آو تہٕ سرٛیہ گوکم اتھ ژدج کھورہٕ تلہٕ ستراتھ ۔

یہ چھُ نادم صابنہِ امہٕ علامژ ہنٛد المناک انجام وٕدل چھُ شاعر پیٹھے وَنان "یتھ گاسہٕ تُلس گیہ میانی وَنَن "مہٕ چھِنہٕ یقین زِ نادِم صابس ہوِس بہلہِ پایہٕ شاعرس سپدِ یتھ انجام اگر نہ یہ واوس تہٕ کاوس نمہ بلکہ نقادہٕ طوفانن ستی مقابلہ کرنک ہین جذبہ زندہ تہٕ قایم ۔

—— اختر محی الدین

"ژُور" چھ سانہٕ یمہٕ دورہٕ کس بے سوکھ تہٕ بے پژھ انسانہٕ سند المیہ ۔ یُس پنن ماضی اتھہٕ گومُت چھُ، حال پریشانی تہٕ انتشارُک سیکہٕ صحرا دبیومت چھ تہٕ مستقبل تشکیلہٕ چہٕ ونلہِ دولمت چھُ ۔ نہٕ چھُ سکون ژھاران تہٕ پننہٕ انفرادیژ وُنی دِوان ۔

مادہٕ پرستی ہنٛدِس یتھ دورس منٛز چھُ انسان ذہنی پریشانی ہنٛدِس گٹہٕ ژٕلس منٛز پنن منزل ژھاران زٕ لس چھُ دور اکہِ طرفہٕ اکہِ خوشحال مادی زندگی ہنٛد برزلون نور نظرہٕ گژھان تہٕ چھُ اتھ پننہٕ لاران یہ تعلق ہیتھ تسندس ذہنس منٛز یم خوش بوٗنی خابتھ تسندہِ دِلس منٛز پیمِ لاوی ہادوس گرابہٕ ماندان آسی، تم پورہٕ سپدنک

منٛز سپد۔ ما یوٗز ژیلہِ سۆ اکھ منزلس ووت تہٕ پننی کنہٕ اکھ گھلس لوٗرس احاطہ کورن تس باسیوو زِ یہ چھُنہٕ سۆ منزل یُس سۆ گاران اوس تہٕ یہ شولہٕ وُن لوٗراوس تہٕ تُسند رہبر بلکہ ژم ژم چوک۔ ٹکیا زِ مادہ پرستی تہٕ مشینی زندگی ہندِس یتھ زلرِ ژالس منٛز سۆ ہنہٕ آو تمی ٹینہ لس لۆشہ تسند انفرادیت اتھ موورِتھ تہٕ سۆ بنوٗوُن محض اکھ مشین۔ یُس اکہ کمپوٹرکی پاٹھۍ وۆتھان بہان، سونچان تہٕ اکھ مشینی زندگی بسر کران چھُ۔ کمپوٹرن ہندِس اکھ گرتہٕ ردس ہیوٗ مُس منٛز آوس پننہٕ ذہنچ بردچ تہٕ وجودچ انفرادیت۔

اخلاقی تہٕ روحانی اعتبارہٕ گوٚو سۆ (de-base) انفرادی اعتبارہٕ اکھ بے مانے وجود تہٕ بے مانہٕ مشین۔ تمس سپد یہ احساس زِ اُکس شرابس پتہٕ پتہٕ لاران چھُ سۆ اُکس سیلکس صحراوس منٛز ہیبہٕ آمُت اکھ لوٗن تہٕ چھوٚن حقیر تہٕ بے مایہ اکھ وجود۔ اکھ یتھ نہٕ کانہہ ماضی چھُ تہٕ نہٕ کانہہ مستقبل۔ اُمی احساس دیوت تسندِس ذہنس منٛز شدید افراتفری تہٕ انتشارس زنم ۔۔ یوٚہے انتشار چھُ اَزی کس انسانہٕ سُند مقدر بنیومُت سۆ [illegible] ماضی لۆشہ ژھیہہ گومُت۔ مستقبل چھُس تاریک بہٕ ییوان تہٕ حال چھُس یہ زِ ہ ۔۔

یِہ تھ کُنہٕ ڈوٗ دِتھ گود ژدُر
تہٕ ووٚنی، کیاہ چھُم باقی
اکھ پھٹہٕ مُژ کانگر
تتھ منٛز شینہٕ ژٹاہ

پھٹہٕ مژ کانگر چھ اُمس انسانہٕ سُند خلوص، جذبہ تہٕ یادہ کہ خوش یوٗنہ دُشنیرہ لۆشہٕ خالی۔ یتھ منٛز سکو ینج وتہٕ ھے اکہ شینہٕ تجبہ ہندی پاٹھۍ تسندِس دُرٚستس وجودس شٹراوان چھُ۔

یہ نظم چھیہ اُمس بے سوکھ انسانہٕ سنزہ شدید وۆتہٕ چھیہ ہند اکھ فنکارانہٕ اظہار یُس رنگہٕ ژھا بوٚ تلنبہٕ لاوِتھ پننہٕ اخلاقی، روحانی تہٕ انفرادی مقامہٕ لۆشہ۔ (De-Base) کرِتھ وننہٕ پھرنود تہٕ تسند وجود بے مانہٕ ژھنن کرِتھ۔ یُس آرمہ آنتھ رستہٕ سُدرہٕ منٛزہٕ پنن پان بوٚتھ لاگتھ پنن وجود، پننی انفرادیت تہٕ پنن مقام دوبارہٕ حاصل کرِتھ سکونِ قلب پراوُن ژھاران چھُ۔ یُس پننہٕ لس یتھ کالس پیٹھ دوبارہٕ پرِتھہٕ تہٕ پرٚھ بلیس پننہٕ کالس متعلق اکھ خوش آیند اعتماد پراوان ژھان چھُ یتھ تسندِس کالس پُر سکون، خوشگوار تہٕ با معنے بنتھ ہیکہٕ۔

"گاسہ تُل" تہٕ چھُ اَمی المیہ یُک اکھ بٔیاکھ پہلو۔ اتہٕ تہٕ چھ مادہٕ پرستی ہنٛدی سُہلابن انسانہٕ سٕنٛد ذہن گٔژھ لاگِتھ تشکیلہٕ کِہن نیلہٕ وٹن ٹھاسُومُت۔ مادہٕ پرستی ہنٛدی اَمی سُہلا بن چھ یِمہٕ انسانی قدرہٕ، اخلاقی اُصول تہٕ میارٕ پہٕ ڈالی مٕتی۔ یِمہٕ انسانی شخصیتس اکھ پُر عظمت وِقار، تہٕ اکھ بامعنی مقصد عطا کران چھہٕ، میارن اُصولن تہٕ قدرن ہنٛد یہ سنگین قلاے پادہٕ پادہٕ ڈالِتھ چھُ اَمی سُہلابن انسانی وجودس منٛز اکھ عجیب ژھرہٕ رٕ تہٕ بے مایگی پادہٕ کٔرمٕژ۔ یِمہٕ کِنہٕ تس پنن مقام روومُت تہٕ تسنٛد ذہن داوہٕ گلہِن لوٗگمُت چھُ۔ سُہ چھُ اکِہ داوہٕ جونہٕ سیتی ہورلاینہٕ یِوان تہٕ گاہے یورٕ۔ بلامقصد بلامعنے تہٕ بلامطلب ؎

وِزیِتھ ڈٕجٕ تِتھ ڈٕجی ذاتھ یِنہِ
کھوژ تہٕ ڈرالیس بُنہٕ رات یِنہِ
یِھوکہٕ سیتہٕ پھٹہٕ دکہٕ سیتی جوٗدہٕ گژھیس
رٕیہٕ ہاویس وُچھی توس سٔورگژھیس

یِتھہٕ کالچی یہ وٕتہٕ ژھے چھینہٕ جذباتی ماضی پرستی بٔلکہ چھُ یہ بِنہٕ نس یِتھہٕ کالس سیتی رِشتُک اکھ صحت تہٕ بالیغ نظر احساس یِمہٕ وِنٛدای سون حال تہٕ مستقبل دٕوشوے بے مانہٕ تہٕ بے مطلب بنان چھہ۔

• ———— فرحت گیلانی

## غزل | رحیم ساجد

دِتم کٔمی ہیتم چیانی غم پانٕ پانٕے
کنڈٕ پو کھوو ہُبرِتھ مٔیہٕ ہم پانٕ پانٕے
یہ زخمی جگر زندگی ہنٛد چھُ لوٗن
ہتی مٔلی گولابن سِتم پانٕ پانٕے
وُچھِتھ کرٕ ژٕ مہٕ موختس نظر تارکن گُن
مٔہ گوٚبروو نخچے ہم پانٕ پانٕے
ژٕ گژھ تہٕ ژھ رَس دارکس اس لجمژ
بہٕ ہاوے ینہِ مانزٕ ہم پانٕ پانٕے
اُچھن تل پوتامت مٔہ اُچھی چانہٕ روزم
مٔیہٕ نارٕ وٹ نہٕ زاہ جامِ جم پانٕ پانٕے

## سونتھ

کُس چھُوٖ؟ ٹھک ٹھک کٔمی کوٚر

پاگل گومُت سونتہ ہواو
بینہٕ گوم ژرم دِتھ، حلیہٕ ولیہٕ ٹٲدِتھ
تیٚنہٕ چھس ترٛوٗپرتھ دارٕ رتہٕ برٕ



پادٕ پھلِت سِکہٕ صحراون منٛز
تال دزِتھ، قرلو بینہٕ ووتُس
دوٚہہ اکہِ ہیتھ ون ڈیوٹھُم
بالہٕ دُبس تل
کٔلۍ کنزِ رچہٕ ریشمی ژھاۓ
سبزارس پیٹھ
ہرنامہٕ بانبرِ، روٚدٕ تہٕ گومُت ہیٚو
ٹھلہٕ ٹھلہِ وُچھنہٕ موصُم سعٕ رمہٕ اچھو
کِمہٕ تان زمیچ زانٛ پرٕ سیٹھے بیم
[illegible] ارمانٕ برجوش ٹھُلیے لٔج
جنگلی بوشونافہٕ ژھٹو، کٔلۍ ووسہٕ آے
ٹُلہٕ لیچ گگرٲوی نفکۍ ساز
ژُمٕ رُمہٕ شروٚنیاوِم مدہ ماتی ان ہری سنہٕ بدن

ژُمٕ رُمہٕ جادٕ یک رنگ گوم
اکھ ژٕبوٚہ، ژھلاہ دِتھ بے پرواہ پٲٹھٕ
سہٕ گووٚ کٔلۍ گنہٕ رس گم
وُزملہٕ برٛونتاہ!

---



[ یہ نظم چھ تہندِ تنقیدٕ تہٕ تبصرٕ باپتھ
یُوس شمارس منٛز چھاپوٚ اُسی تہند تنقید۔
تھٔھ سیتی کروٚ شاعرٕ سُند ناو ظاہر۔
تٔو تام روزِ شاعرٕ سُند ناو پوشیدہ۔

———— ادارہ ]

مکھن لال بیکس

# آنہ تہٕ عکس

مَتھ گۆژھان چھُم
لایہِ کُنہ سُتھ لبہٕ ہندِس آنس
یتھ زَن چھلہِ گٔژھہ پیہ وٚسی
سۄ عکس
میانہِ دۄہہ دِشۄ چھینہٕ سیتی لوٗس
کاتر یوٗمت، سوپہ یوٗمت رٲچھ
زدر یوٗمت، رنیوٗمت
وٚرِیہ وادو پیٚٹھہ پیوٗمت آنس اندر
عکس یُس چھُنہٕ میانہِ اصلی بٕھیکُ
یُس چھُنہٕ میوٗن اصلی رٲچھ
اصلی صورتھ
رٲچھ یُس ستیران
ہیتہٕ بُدی اصل بُھتھ ہتاوِ زٕ پیٚیم کھٹی کھٹ دھے
ساس بُتھ
یمہ ساتہٕ یُس خوش کوٚرتہ لوگ
موم ہیوٗ بُتھ خوش یوٗن
سَتھ کٲرتہٕ زن گٔلی گٔلی گژھان

بیاکھ شہتر یُتھ گُگرِ دوٗر
بے حیا، بُڈہ بدلحاظ
بیاکھ موصُوم بُتھ د پان
کرِہ نامیہ کانہہ رچھُج نظر
بیاکھ بُتھ
یتھ منز ژہ وحشت ناک اَچھ
زاگہِ ہُو ونِہ تھ بُی وُچھان
زاگان زِ کرِ دِمہ تھف بھیس
سگاتہ اصلی رآپھ
اصلی شکل
اصلی ذاتھ
پوٗز ییتھ گرِ دِلَہ آسن اندر ماگانشہِ وُچھ
یم بُیتر بُتھ
اتھ اندر وُچھ دِی شریف انسان
بُتھس ماچھم میہ شیو
یتھ نہ اشرافن میہ کن ڈِلیتھ دِلس لگِہ گراے ہِش
لگھ دِین وُچھ سایہ کوتاہ بدتمیز
منھ چھم گژھان
لایہ کُنہ پاشاہ کُر تھ آسن
نہ تژ اوس چھلہِ کُرتھ
یُتھ نہ ییتھ نقلی بُلی شیو کُری کُری
لکھ و نہ ناوکھ
"بُتھ چھس اصل ذاتھ"

## غزل | رشید نازکی

یوّت دِنہٕ لوّت لوّت گیہِ گنگر اسے
موصوم لۆرین مُوکھ دۄ شلیاسے
وَکھتس وۄتھ ژھن تھتھ ثالس
پۆت پھیرتھ ییہ یاوَن راسے
دۄیہرہ کُس ییتھ شہرس منز
ہُتہِ کیّن یتہِ کیّن ژھاأی ژھاسے
کوتاہ دۆروگ گو آدمُ روسے
نور مِلِتھ چھیس ہائی ہائے
ییتھ گلزارس لیکھ مرثی
یتہِ یِہ تھ پوشس آمژ واسے
نیاین ہنزہ ییتھ بُستی منز
چھاسہ پُرزی یاٹھن کاتھہ نیاسے
موردہ امارن تھاؤتھ گرنڈ
معلوم ما چھُے کأتیاہ زاسے
پانژ آلی شہرس لوگ کُن زوّن
ایحساسس چھِم پھٹمژ لاسے
گوشن کنتھ گیہ ہوشن دوّپ
پکھہ سے کنتھ چھا پوشن پاسے
نوز کھۄ اولِ نوّ کتہ مرہ دن
ییتھہ ازچھ دِوان دِلہ دُبراسے

## غزل | غلام نبی خیال

ژئِ یہ لول از تاں رٗو چھیتھ وچھیس منز دل اتھ پھیر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے
کلام وتتک گونٛت چھُہ دم ہُکھیٖ کتھاہ کر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے
سُہ شام تے بزمِ دلبرن ہنز ژٕ یہ رۄ یہ اتھو مێوٹھ مَس پھیر لو یتھک
یہ زہر قاتل نتہ از تھے کُنز ژِہ باگر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے
دُزتھ اگر سونت ییو وتہ اسہ کیاہ مێہ ہا یہ ہندو نہٕ تہ رنگ چھُہ رُویس
ایارہ ژھارن منک ژِہ تیو نگلن میہ نش تر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے
بے طول صحرا پد لو ژبہ موندٕ تھ بہانہ ژھارن ژِہ کور وۄ تکھ
گولابہ ہوسکہ ژِہ پھیٚ ینکہٕ پاٹھی وۄ نہ ہر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے
یتیم شہرک یہ دم تہ وحشت ژمان چھُہ عالم تہ ژھایہ پھٕہلان
خموش وتتک سکوت پھُٹرتھ کہ یکھ کر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے
سخن وَرن ہند یقین چھُنہ ریوو تہ نغمہ کارن سرود ہُند ریوو
غلام نبی ین خیال گیوی گیوی غزل پر کھنا یہ شام ڈلہِ ہے



# اَزیُک کاشُر سٹیج ؟

(فن، پروڈکشن تہٕ اداکاری)

[ اَزیُک کاشُر سٹیج چھُ بوزنہٕ شونٛزنہٕ خاطرٕ وارِیاہ کینٛہہ بروٚنٛہہ کُن انان - یِمہٕ چھ تِمہٕ کینٛہہ مین کُن یودوٕ نہٕ برمحل توجہ دِنہٕ یِیہ، کاشرِ سٹیجُک مستقبل تاریک بنِتھ ریوان ـــــــــــ ادارہ ]

کٔشیرِ منٛز سٹیج چہ سرگرمی چھ ہاوان زٕ یٕتیک تھیٹر، یتِکۍ اداکار تہٕ یتِکۍ ہدایت کار چھ تھۍ زومرِس منٛز یوان یتھ اَمیچر، یعنے "شوقیہ" ناو ہیکو دِتھ۔ یہ ناو بوزِتھ پزہٕ نہٕ اَسہِ کُنہِ قسمچہ احساس کمتری منٛز مبتلا سپدُن تہٕ کیازِ زٕ عالمی تھیٹرٕ تہٕ ڈرامہچ تاریخ چھُ امیُک ڈُت ثبوت زِ اَمیچر، تھیٹرن چھ سٹیجچہ ترقی تہٕ پایہ جایی منٛز وارِیاہ کینٛہہ کوٚرمُت۔ تہٕ بروٚنٛہہ کُن تہٕ رُوزِ اتھ بِنٛ موٚلہ ؤن تہٕ اَتھین پایہ حاصل۔

شوقیہ تھیٹرن چھ پروفیشنل تھیٹر یعنے پیشہ ور تھیٹرن تہٕ ترقی یافتہ سٹیج سگہٕ دِنس تہٕ آباد کرنس منٛز وارِیاہ حصہ ادا کوٚرمُت۔ اَمی چھ پیشہ ور سٹیجن فن کار دِتۍ تہٕ فن کاری کُن وتہ ہاوٕمٕژ۔ یٕتی تجربہ ڈرامچہ پروڈکشن یا ڈراما نگاری ہنٛدِس فنٕس منٛز بدٕلمتی چھ تمن منٛز چھُ شوقیہ تھیٹرس اَتھ ینٛ دخل رُودمت پیشہ ور سٹیجن بروٚنٛہہ کُنہ چھُ مالی نفع تہٕ نوقصانُک روزان۔ اَمہِ موجب چھُ اکھ پیشہ ور ہدایت کار یا پروڈیوسر تجربہ کرنس کھوژان۔ اَتھ مقابلہٕ چھ اَمیچر، پروڈیوسر یا شوقیہ انجمن یتھ تلاشس منٛز روزان زٕ نوۍ نوۍ تجربہ سپدن تہٕ یودوے تجربہ ناکام تہٕ سپدِ تِم چھِنہٕ آسانی سان کم ہمت سپدان۔ یہ چھ سو کینٛہہ یُس فن تہٕ ادبس منٛز اہم پایہ تھاوان چھ۔ مگر حقیقت چھ یہ زٕ اَمہِ قسمچ آسانی چھ "اَمیچر" جماژن پیٹھ وارِیاہ ذمہ داری تراوان۔ تجربہ برائے تجربہ کرُن یا سونٛچنٕے اَتھ اوٹ منٛڈٕ ناوُن گیہِ اکھ کتھ۔ بیاکھ گوو تہٕ یتھ ژُت تجربہ دِنو۔ یتھ کانٛہہ بنیاد آسہِ۔ یُس کافی

بوز شوٗقہٕ پٮ۪ٹھ کرنہٕ پیٚیہ - یِتھہ اندرِمِن کھٕژن کُن پوٗرٕ پوٗرٕ توجہ دِنہٕ پیٚیہ - یِم ڈراما کھارِلس مَنٛز مدد کرن - یِتھہٕ رُت تجربہٕ بَرِ وٕلو - یُہُ وَنہٕ ساَنی اکثر ڈراما چھہ گوڈنِکِس وٕری یس سیٚتی یِوان - خوب شوٗرا تہٕ نٕژناہ چھہ سیٹھِن پیٚٹھ کرنہٕ یِوان تہٕ لبن!

ساَنِین ڈرامہن ہِنٛد معیار چھُ عموماً تھٔوِت پست آسان زٕ وُچھِن وٲلِس چھُ ڈراما وُچھِن گوٚو بال۔ اَمہِ ناکامی ہِنٛد وجہ ؟ ——

بُہ وَنہٕ کمزور تہٕ بے دِل پروڈکشن - بییہٕ نہٕ کُنہہ اکھ باشعور ہدایت کار ہیٚکہِ اوسط درجہٕ کٮ۪ن اداکارَن ہِنٛدِ ذٕ سی اکھ جان چیز وُچھِن والین بروٗنہہ کنہٕ تھاوِتھ - بشرطیکہ تَمی آسہِ ڈراما پیٚٹھ تمن اداکارَن ہِنٛزٕ صلاحیژ وچھِت ژورُمت اَمہِ قسمُک انتخاب چھہ کانٛہہ تہٕ رُت تجربہٕ باَل اَنٛنہٕ خاطرٕ گوڈنٛچ تہٕ اَوٕلین ضرورت یوٗد وٕ ہدایت کار پانہٕ باصلاحیت آسہِ نہٕ - یا سُہ اَمہِ قسمٕچ صلاحیت تھاوان آسہِ نہٕ تیلہِ ہیٚکہِ نہٕ زبرٕ کھوٚتہٕ زبر اداکار تہٕ ڈرامہس ڈُبہ ڈاسہِ نِشہِ بچاوِتھ - ہدایت کار چھہ امیچہ تھٕٹرُک نم رٹن وول انسان - لہٰذا اَیہ چھُ سیٹھاہ ضروٗری زٕ شوٗقیہ انجمنہٕ آسُن ہدایت کار زاد نہٕ وقتہٕ پننہٕ بوز شوٗژ وار یاہ کام ہیوان - یہ چھُنہٕ ضروٗری اکھ بہترین ایکٹر ہیٚکہِ اکھ بہترین بہترین ہدایت کار تہٕ ثابت سپدِتھ - نہ چھُ یہ ضروٗری زِ اکھ قابل ہدایت کار گژھہِ پانہٕ تہٕ اکھ قابل ایکٹر آسُن - ڈراما پروڈیوسس کرُن چھُنہٕ آسان کتھ - ہدایت کارس گژھہِ وُژھ نظر تہٕ رُت دِماغ آسُن - تس گژھہ جان شوٗد بوٗد تہٕ "originalty" آسٕنۍ - سہ گژھہِ صلاحیت ذہانت، اورِجنیلٹی —— یِمہٕ چھہ یِمہ کتھہٕ یِمہٕ بہتر کھوٚتہٕ بہتر ڈراما سکول ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ فردس مَنٛز یاَدٕ کٔرِتھ - یہ چھہ بیاکھ کتھ زٕ اگر ہدایت کار جان شوٗد بوٗد تھاوَن وول آسہِ - ذہین آسہِ - سُہ ہیٚکہِ پننہٕ صلاحیژ پننہٕ تجربہٕ، یا دوٚیمہ سُنٛدٕ تجربہ کِس بنیادس پیٚٹھ پھانپھلاوِتھ - تِتھہ مَنٛز بہتری یاَدٕ کٔرِتھ - باقی روزِ ٹیکنیک ہُنٛز خبر - سو ہیٚکہِ انسان مطالعہ تہٕ سٹیجہ کِہ عملی تجربہ رٕستی ہیچھتھ۔

## ڈرامُک انتخاب

کانٛہہ ڈراما انتخاب کرنہٕ وقتہٕ چھہ اداکارَن ہُنٛز سامرتھ تہٕ لیاقتہٕ نظرٕ تھاوِتھ گوڈنٛچ کتھ اَمہِ علاوٕ کانٛہہ ڈراما ژارنہٕ وقتہٕ پزٕ ہدایت کارس یا پروڈیوسرس یہ کتھ ذہنس مَنٛز تھاونۍ زٕ سُہ چھُ ڈراما کس مصنفہ سُنٛد امین - تَمی سُنٛد امانت دار - ڈراما چھُ ڈراما نگارٕ سُنٛد تجربٕچ تہٕ تخلیقٕچ یادگار - اَمہ کِنہ کردارو یِمو مصنفہ

سُندِس ذہنس منز زنم لوٚمُت چھُ آسان۔ یمن کردارن منز لوٗز تراوُن چھ پروڈیوسرِ سنز کام۔ پروڈیوسرِ سُند سارِوٕی کھوتہٕ اہم فرض چھ پننہِ پروڈکشن سیتی فن کاری سیتی ڈیچھن والین بیٚٹھ یہ واضح کرُن زِ ڈراما نگارکو سہ کیتھ چھُ پیش کرُن یژھان۔ یہ چھُ پروڈیوسرِ سُند نصب العین۔ پروڈیوسر ہیکہِ اکھ پننی ''interpretation'' یعنے وَتھ ہٮ۪ن تہٕ اَکِس ڈراماہس دِتھ۔ تہٕ کیازِ پروڈیوسر چھُ بذاتِ خود اکھ فن کار۔ نہ زِ اَکِس ڈراما نگارِ سُند پبلسٹی ایجنٹ۔ تس چھ پننی انفرادیت تہٕ چھ پانہٕ اَکِس تخلیق کارسٕنز حیثیت تھاوان۔ میون اشارہ چھُنہٕ یتھ یمہ کتھہ کُن نہٕ زِ پرتھ اَکِس پروڈیوسرس کُن۔ بلکہ اَکِس قابل تجربہ کار تہٕ باصلاحیت پروڈیوسرس کُن۔

ڈراماہس ہیکہ بیٚتھے ہوا اکھ پروڈیوسر پننی وَتھ ''interpretation'' دِتھ۔ امیچہِ پروڈیوسرٕ سُندِ خاطرٕ چھ یہ کتھ سیٹھاہ ضروری زِ سُہ بہ تہٕ سمجھ وارٕ پاٹھی ڈراما۔ اد کرِ سُہ یہ عملی طور سٹیجس پیٹھ پیش۔ ڈرامہک روح تہٕ پرتھ کانہہ پہلو وارٕ پاٹھی سمجھُن چھُ سیٹھاہ ضروری۔ تہٕ سُہ کرِ اتھ روحس سیتی پرتھ اَکِس اداکارس واقف یُتھ تِم کردارن ہندِس رُوپس منز تِمن سیتی تپوت مانوس تہٕ واقف آسن زِ تِم منز اون پنن پان تہٕ یمن کردارن ہندِس پانس منز سپدن گم۔ پننی خاص حرکات و سکنات منز آوٕ تھ پانہٕ ناوُن تِمن طریقہٕ mannerisms یم ڈراماکین مختلف کردارن ہنز شخصیت چھوٚلہِ راوُنس تہٕ چھاپھ لاوُنس منز مدد کران آسن۔

(باقی آیندہ)

---

## بقیہ کوٚلہٕ توٗنچ از ص ٢٦

یہ ماکدِہ ہے وٕ پرمرُن ناو.... بے شرم کنجرہِ ہنز.... شاباہ آواز بڑہٕ گھرس لابنہٕ.... شونچن اگر وہ زِ غلام محمدن توٗن کنہہ تہٕ تہٕ وُنس زِ ہیب گڈھ رٹن۔ تہٕ او سے انسان تہٕ دوبارہ ہیٚہ نہٕ ناوٕ۔ ییتس کالس دوت سہٕ غلام محمد بزاز سُندِس دوکانس نشِ حبر تس کنہِ ییچ شاباننہٕ درِیچ پتہ زِ تمی ہرر نہٕ آسہے نہٕ۔ تہٕ شابا نہٕ گوتو تہٕ رُوزِ تھ زن چندہ منزہ ژونہی پیس۔ پھیوٗر کھوٗر کھوت تسندِس وانس پیٹھ تہٕ وُن تس بڑہٕ بڑہٕ ''ونو ہرا۔ وناں کیازِ چھکھ کوٚلہٕ توٗنچ؟

(کلُدیپ رعنا)

# آرہ پل

( ابیسے )

آرہ پل ! دوٚن بیٚون تہٕ وکھرہٕ لفظن ہنٛد نالہٕ موٚت۔ میٚون آسِتھ تہٕ یہنٛد بہنرٛٹا کارہٕ پاٚٹھۍ لوٚنٛ آرہٕ ! کوٚ ہوٚ تہٕ ولوٚ پیٹھہٕ ہٕلی ہٕلی دٕ سہٕ وٗن، گرٕ زوٗن تہٕ سوز وایہٕ وٗن۔ سہٕ آب لیٚش ساٚرِسی وجوٗدس مانٛتھر پیٚرتھ زن تہٕ تیہِ ہِرِیوٚش بناوان چھُ۔ سہٕ مدہٕ موٚت تہٕ وٕ وسہٕ آمُت آب لیٚش اکہِ خاص وَتہِ خندہٕ کٔرِتھ لِکان چھُ بیٚتھ وٕ چھت سوٚ سوٚ رٕ کھیٚنیٚ یادِ بیٚوان چھُ۔ یوٚ سہٕ کُنہٕ نیٚہ منٛز وزہٕ وٕ نی بیٚن بوٚزِتھ مُتی آبہِ پانس گرایہِ دِوان، ٹھاران تہٕ لاران چھُ۔ قُدرتُک سہٕ وزُون سنطوٗر لیٚش دِلہِ کِس ماٚنسلِس لہرہٕ تُلان چھُ۔ بیٚتھ روٗدِ پل . . . . . یہٕ نے آرس منٛز آسہٕ تہٕ سازکِیتہٕ وَزِہ ؟ آرِ کِ آبہٕ چھوٗل لیٚوٕ وٕ ے سنطوٗرہٕ چہٕ تارہٕ چھُ تہٕ پل چھُ وزہٕ وٕ نی طبلہٕ۔ سوٗ کوٗ سہٕ راگ چھُ یوٚ سہٕ نہٕ یہنٛدِ ہ میوٚل گژھنہٕ سیتی پارس پیٚیہ ۔ . . . یہنٛز ملہ وَن چھُ ابدی، یہنٛد میوٚل چھُ اَژھیٚون ۔ یہنٛد گرہٕ زٕن چھُ لِچھہٕ بدیٚن یادِ رٹھِن ہاج ہیٚوان ۔ یہنٛز گنگاۍ چھُ وَن وگنیٚن نوۍ طرز تہٕ نوٚۍ اندازہٕ بخشِتھ ابدی جواٗنی عطا کران ۔

آرہٕ پل ! ڈلامِ تہٕ گول گول، پٔتلی تہٕ پھٕہری پھُہرِ، لوٚکیٹ تہٕ بڈُی بڈُی۔ پرِتھ گرِتکی زَن ہتہٕ لِچھہٕ بدِ بوسنگ تراشتھ پیٚنتہٕ گرِتکی جدید نموٗنہٕ ہاوِنہٕ بایتھ آرہٕ سجاوِی مُتی . . . . اماپوٚز ناگرا نارٕ س نے آبہٕ ترٹھ پیٚیہِ ہے تہٕ آرہٕ پل کِتہٕ ہیٚن پارسس . . . ترٹھ پیٚیہِ تہٕ یِپ وَوتھ . . . . سوٗ رٕ ے ووٚلنٛ پانس سیتی۔ یوٚ ڈیٚل لیٚش خبر کاٚتیٚن وِرِ ژیٚن ہنٛد نادس منٛز ژھوٚہ یہٕ ہندس عالمس منٛزرِ لیوٚ ش اوس ۔ وُولنٛ تیتھہٕ پاٚٹھۍ ڈُلہِ وان تہٕ لِبھہٕ وان یُتھ عالمس لیُٔج خبر۔ یہٕ اوس از تام بیٚنٛ وجوٗدٕ رٕ چھت پیٚنہٕ نِس کنٛرس بیٚیٹھ خوٚش مگر بیٚیِ وول تیتھہٕ پاٚٹھۍ زہ پھٕوٗرس بیٚنٛ بجر تہٕ گیٚس چھلہٕ . . . . وجوٗدگوٚس چھلہٕ چھلہٕ تہٕ چھلہٕ چھلہٕ ۔ ساسہٕ بزہٕ تہٕ لچھہِ لوٗد چھلہٕ۔ گوٗرِ کیاہ وٗنی زہ ! اسہٕ تہٕ گژھان ییٚی۔ ساٚرِنٕ وجوٗدس نِیے چھلہٕ گژھان ۔ میہ تہٕ چھُ گومت یی۔ میاٚنِس وجوٗدس تہٕ گیہ بے شمار چھلہٕ تہٕ بُہ آس چھکرِتھ۔ میٚہ توٚگ نہٕ زانہٕ تعقیم مگر ضربن چھکرووُنس تیتھ کُنی زہ

میٚنہٕ تہٕ گیہِ آرٕ ہِ ہیٚن ہٕنز باٗتھ۔ یٚتھٕ وجود چھم نہٕ ووٚنی
پٔرٕ زٕ ناوِنے یِوان۔ تٔمۍ تہٕ چھس یتھٕ نٔہٕ حٔصن منٛز
اکھا و مگر نہٕ میٚنہٕ کانٛہہ حصہٕ پٔرٕ زناوان تہٕ نہٕ چھس ہٕنی
کانٛہہ پٔرٕ زٕ ناوان۔ خبر اَسہٕ کُس بٔچھہٕ پھیٚور گووا چھین
اُنی کوٚت چھہٕ سیرٕ وسان۔ تمیُک نہٕ کانٛہہ نیب تہٕ
نہٕ کانٛہہ پے پتا۔ ۔ ۔ کَس پٔرٕ زھو؟ سارٕ نی گاٹہٕ ز
یہٕنے ونہٕ۔ زندگی ہندی پیٚڑ اَنی ساٗری وُکراوِتھ
تہٕ کرٕ ہِن سارٕ نی وجودس چھلہٕ تہٕ بنیائے آرٕ ہِ بلِ
اَنتھ رسی تہٕ بے شمار۔

آرٕ ہِ بل! پٔتھلی تہٕ بھُری بھُری۔ آنچ لایہٕ لاے
چھہٕ ہمیہٕ ہمیہٕ بُھر یر ژٔہان تہٕ آرٕ یلس رلِتھ کُ تہٕ لیتمینک
پشیمار بختان۔ پیٚٹھے او تگیہ بھرناووس تہٕ دادی لد
ذہنس منٛز چھہ ساہہ ٹُدی خیال وُوپدان تہٕ موٚدران
رُژھ کھنجہٕ چھہٕ ٹینڈین زٔنتہٕ محبوبہ سُندین پشلین
رٔخسارن پیٹھ رُس گژھان تہٕ دلُک ڈُچھینہٕ چھُ
بے وایہِ وزان یہٕ اکھ لای چھہٕ ہمیشہ بھُریر ژٔٹان تہٕ
پشیمار بخشتھ ہمیہٕ ہمیہٕ پٔرکھ وجودس سوی بناوان
ہُو اتھ لایہٕ کوٚر دنیا سوی۔ یادرٔ کھن یِتھ طاقت مہتھ
تہٕ بناٗون اَکِس ہندی گندن تماشہ، ہالیس پھُر
نِشہٕ رٔنگیکھ تالی رٔنٛزٕ رٹی کڈناوِن۔ انسانن کرن
برٛتھ وَن زٕ نہٕ ڈلیشہٕ وُنین آہنی ینٛت گنڈی گنڈی
لاگِن یہٕ ڈیوزہٕ تہٕ داندٕ وانہٕ کاٗشہٕ کھوٚرن دُسہٕ تہٕ کاٗشہ

الٕہِ باٗدی نکھس۔ کاٗشہٕ دِتُن قلم تہٕ کاٗشہٕ بندوق تہٕ
بم اَتھس۔ کانٛہہ کھوٗتُن عرشس تہٕ کاٗشہٕ دِتُن فرشس
پیٹھی تیٚتھ ووٚتہٕ کھوٗر زٕ خاکس زاٗلی دِتھ تہٕ لوٗگُس
اَتھ۔ بیہ تہٕ کٔر برارن اکھ لای۔ ووٚنی چھم فقط
ہنگو سیٚتی زٔلان تہٕ تکھ تکھ تُلان۔

آرٕ ہِ بل! ڈلامہٕ تہٕ گول گول۔ بیاٗری وُچھو
تیاٗری ییمے یتیم شرٕ ہی چھکر تھ۔ اَزٕ ییس ییتھ پاٗٹھی
پلان تہٕ ستھ تتھ پاٗٹھی ییمن بے وسیلن زٕ ژٔکڈان۔
بُت تراش تل اکھا و، کل لعہ دِنٛھاوتھ، گُرکھ تہٕ
زار کتھ تہٕ آزری گلین ہشد کمال ہاوِتھ بنووُنس
خوش پوُن تہٕ نُندٕ بون لینگ۔ ہریمترٕ چھلہٕ دِنہٕ
پیمبر بیرٕ کتھ تہٕ روٗزٕ بدلہِ لجہٕ وُتہٕ پدین۔ لنگ
کھوٗن مندرس منٛز تہٕ لاگِس عالمن پوٗزٕ کرُنی۔
اکِسی وجودس سُپدی زٕ رٔنگ تہٕ زٕ وِیہہ۔ اکھ
کھووِ ییٹھ کینہٕ تہٕ دُنیا چھس لاگان پوٗش۔ بیاکھ
کھوو ونٔ پیٹھ لتن پان دارٕ وُن۔ اَکِس کران
سجدٕ تہٕ بیرن پیوان۔ بیس لاگان برانٛدس لتہٕ پادٕ
بدلہٕ۔ اَکِس کران ھٹمٹ دل ہیتھ پٔ کرم تہٕ
بیس گندان کھوٗرٕ سیٚتی کھوٗنچین تہٕ دکن۔ اَکِس
ھنگان آرٕ ہِ کیتہِ اچھرن منٛز آہی تہٕ اقرٕ زو بیس گندان
تکہ تارس۔ سُبہٕ فرق تہٕ بیٚتراہ تفاوت..... لوتہٕ
سوپمٕکی دوٗ کٔری دب چھہٕ ہمیہٕ ہمیہٕ انسانس ہرٕ بُنٛزی

کران۔ تہٕ اوسُس لوکُٹ تہٕ لنٛگ اوس ؠتھے۔ میٛہ
ڈٔوٚل لو کہٕ چار تہٕ جوٲنی تہٕ زٕ ج زھینٛپھ دِتھ گرلنٛگ
چھُ تیتھے۔ بہٕ ووٚنُس زندگی ہنٛدا فتابہٕ ہیتھ لوسس
گرلنٛگ چھُ تیتھے ؠتھ اوس۔ سورُے بدلیوو مگر یہ
نہٕ کنہہٕ۔ زُون گیہ سرہٕ تہٕ فلسفن لوٚگ پھیٖش۔ مگر
آرہٕ بلن ہنٛدِس وجودس چھلہٕ تہٕ حصہ گژھنی بدلن
نہ زانہٕ۔ ضربس لگہٕ نہٕ زانہہ تہٕ پھیٖش۔

آرہٕ بل! بیہ سومی تہٕ ترٛ کوٗنجل۔ لوکٕٹ تہٕ بڈی
پتھ گژتگی، بینٛ آسن آبہٕ چھولن تہٕ پال ژادرلن، رودہٕ
راکھن تہٕ ڈودتھ وٲلن، گرٹ آبس تہٕ تبینہٕ مانین
تا پٮ۪ر کراین تہٕ وادہٕ گراین آیتن تھاوِ تھ۔ مالواے تہٕ
میٚن کیاہ کیٚاہ گژھ ران۔ اَتی وٕتھ آبہٕ سُہلابہٕ تہٕ
نین بالس ستی ڈہتھہٕ ترٛاوِن پاتھلس منٛز تتھ کنی
چھکر ہتھ زن تہٕ ماگداین جنگس منٛز کلہٕ زھینی لاشہٕ۔
بے شمار تہٕ آنتھ رسی لاشہٕ۔ اَدہٕ ییُٚپ تہٕ مو کلیوو تہٕ
آرس تہٕ آو قرار سوٗئے شوروشر۔ ہوٚپ دوپ تہٕ نیٛہ مایُن
مو کلیوو۔ منٛزلس واتنہٕ مو کھٕرنہٕ اپور ترٛلس تہٕ چارہٕ۔
سُے ہیکہٕ نترِ تتھ لیُس لُہتھ گٕہتھ آرس تام واتہٕ۔ لیُس نہٕ ووٚت
تہٕ سُہ کیاہ ترہٕ۔ آرہٕ بلو ییٛتھی اپور ترٛٲوِن تہٕ کارناما۔ کھوٚرلے
ڈوٚلُس تہٕ گوٚو آرس۔ آرس اَے گوٚو تہٕ وجودس گژھنس
چھلہٕ۔ وقت چھُ چالاک تہٕ ہوشیار۔ حمل لوٚگُس تہٕ توٚرمیہ وی
آرہٕ بلو ییٛتھی اپور۔ گو برن وٲلی آرہٕ بل لوٗن تہٕ آئی دِرہٕ وٕنہٕ
سُہ کُس مارہٕ پان تہٕ میٚن کھارہٕ پھیٚوُرِ دِتھ ہیوٚر۔
بوزو ٹیلہٕ ناگرا نارس ہیہ یور نہٕ سوٗنتہٕ بیہ تہٕ تھٕ۔
ییُٚپ وَسہٕ تہٕ میٚن ووہ پھرادِہ۔ نتہٕ چھہ میٚن ینہٕ وٲلی
زمانس پیٹھ بڈ نیٛھی نظر۔ زانہٕ خوٗدا ئہٕ وکھ کیاہ
اِنہٕ اورہٕ کو چھہ منٛز حادثن ہنٛد موجہ جادان تہٕ ہو ہو
کران لیُس ہینٛن پان پہنٛزِ ونہٕ اپور چھُ توٗرمُت۔

آرہٕ بل! ڈُلامی تہٕ گوٗل گوٗل پتھلی تہٕ پھیری پھیری
بیہ سومی تہٕ ڈوٚل دارہٕ مگر تشنہٕ تہٕ ترلیشہٕ ہوٚت وٲتنی
تہٕ ڈُمرن ہنٛدی پالس منٛز آسِتھ تہٕ پال قطرن کرٕیشہٕ وٕنی
اُسہٕ گژھریو وامہٕ تہٕ اپورے۔ اَسی چھہ ترلیش چیتھ تہٕ
ترلیشہٕ ہتی۔ تشنہٕ تہٕ بے سوکھ۔ چیتھ چنٛچ نہ سورٕ ونی
کل چھہ نتھ کنی نال وٕنن تہٕ بچھہٕ ونی کالہٕ شہمارہٕ دِل تشنہٕ
تہٕ رُح ترلیشہٕ ہوٚت۔ فرات گوٚو نہٕ چھیر کاو تہٕ ملایکن
دراپہٕ زلوکھیٚڈ پھٹ، امام زادہٕ رودی تشنہٕ تہٕ ترلیشہٕ
ہتی مگر تس گوٚ نہ ٹُن جلاو تہٕ بیہ سوکھ نارہٕ ونزلہٕ
چھہ از تہٕ ترلیشہٕ ونی دِوان بیتھ کنی ساٚنی بیہ سوکھ
پرہٕ ژھینی بیمار رُح۔ آرہٕ بل ہی رُح۔

● ——— مکھن لعل کنول

# کولہٕ ٹوٗپنٕج

کلدیپ رعنا

کولہٕ ٹوٗپنٕج اُس تس رٕژھ تہٕ ناواوسُس
شابان - درو گجن ہیتیالس منٛزاوس کیاہ تام
نوکری کران - تہٕ درو گجنٕہ بازرٕچ منٛزاوسُس
بینہٕ گرٛھنہٕ وزہ نیرُن تہٕ شاہ سپے بازرس منٛز
اوسُس سُلہٕ ناگہ پید گھران یا غفار داندرُ یا
عشہٕ کاندرہِ ہنٛز ہتہٕ غلام محمد بزاز - یپے تریٚیہ
ژورژنی آسہٕ تس بینہٕ تہٕ گرٛھنہٕ وزہ تہٕ رٕژھ
ٹلان - واتٕھ وا غلام محمد بزازنہٕ سندس دُکانس
نش ، سہٕ اوس اوکن یوکُن دُچھنتہٕ ٹرٕہ کریکھ
لایان ــــ "کولہٕ ٹوٗپنٕج" ــــ شابانہٕ اوس
گرٛھان روزِتھ تہٕ نارہٕ برٕییہ ژھٹہٕ رٕ نیو
نظرو لگان تس دُچھنہٕ - بزاز اوس زن ہتہٕ
شرمندہٕ گرٛھت نظراہ تراوان تہٕ شابانہٕ زن
رٕتہٕ قلہٕ پاگو ٕتھ برو نہہ لیکان - یتھے کُنہٕ اوس
رٕتس ہمین ترٕیوے ژو لوے زہین ہندہین دکانن
رٕنتہٕ یوان ژوزِتھ گرٛھن تہٕ نارہٕ برٕییہ ژھٹہٕ
دٕ نیو نظرو دُچھن تہٕ قلہٕ پاگوِتھ برو نہہ کُن پکن
گوٚ ڈہٕ گوٚ ڈہٕ دپیون زٕہ کُنٕز تلہٕ تہٕ تراوکھ ڈکس

بیتھ رٕتھ پھٹیکھ تہٕ درو گجنہٕ تہٕ رٹنکھ نہٕ - پتہٕ
آیوس خیال زٕہ وٚ بیچھے ڈالہٕ - مگر پتہٕ زن گوس
عادت' یو ہے' کریکھاہ بوزٕنی' نظراہ تراوٕنی
قلہٕ زٕہین تہٕ پکُن ــــ

اکھ دوہ گو ــــ شابانہٕ اوس دفترٕ یوان
کن کھڑاکرِتھ سُلہٕ ناگہ یدس نش ووت تہٕ لوٚگ
قدم ہین ہین تراونہٕ ... مگر ژھوپہٕ ... دریوہٕ
ہہرس وان چھس ازبند ... ژورہٕ نظرہٕ دِژن
دانس کُن - سُلہٕ اوس کس تام خریدارس کاسان
مَس - شابانہٕ پوٚک سپوڈے' بتھ ژِ کرِتھ ،
سُونچُن سُلنی کسرِ تہٕ کٹرٕہ غفار ہیے - مگر سُلہٕ غفارس
نش ووت نہٕ بوزن .... پونڈس ہا اکھ' دوٕن
آنن ترٕییہ .... شابانہٕ پوٚک لوٚتے ... دلوہٕ
دُچھینس جانہٕ مرگن .... ہنہ ... دوٕنی گیم
ہو بیاکھ بلائے - گاگ نی .... سہٕ ووت عشہٕ کاندرٕنی
نش سو آس وُچھان مگر بتھ لِدِتھ - .. آسنی
دِمیتی ٹاس زٕہ ژورہٕ ئی ... گوٚ ڈہٕ گبیہ ہیم رٕ آنی ..
زنانہٕ مہنیو .... زنانہٕ مُہنیوٕ نے آسِہ ہے یہ ما

(باقی برصہ ٣٢)

# سِمپوزِیم

موضوع : کاشرِ زبٲنؠ ہُنٛز اَزِچ رفتار کیاہ زِ چھےٚ مایوس کُن ؟

حِصہٕ نِنہٕ وٲلؠ :

• شاهد بڈگامی • مظفر عازم
• فاروق نازکی • بشیر شاہ
• موتی لعل ساقی

## ناکارہٕ رَسمُل خط !

کاشرِ زبٲنؠ ہنٛز اَزِچ رفتار چھےٚ مایوس کُن تہٕ کیازِ موجوٗدٕ رسمُل خط چھُنہٕ جان۔ یہ چھُ مُشکل غار سائنٹفک تہٕ پریشان کُن۔ اکثر ادیبن تہٕ شاعرن چھُنہٕ اَزِچ زان پیچھان۔ باقیَن ہنٛز چھُنہٕ کُنھی۔ کاشرس منٛز چھپِن وٲلؠ اَزِ کرِ سالہٕ اڈی تو برو ٹھہٕ کُنہٕ واریاہ فرق ییہ لبنہٕ۔ مختلف لفظ چھِ مختلف طریقو لیکھنہٕ یوان۔ رسمُل خطچ یوس ییرہٕ وُنی ناوٕ یوس اسہٕ چھےٚ سوٚ چھےٚ قابلِ رحم۔ کُنہٕ تہٕ جان رسمُل خطچ بُڈ پیچھان یہ زِ سُہ گوٚژھ جلد ہیچھہٕ اکھ بچہٕ پرِتھ تہٕ لیکھِتھ۔ مےٚ چھُ باسان یہ اَزِ یکُ سون رسمُل چھُ تہندِ خاطرٕ پرُن تہٕ سمجھُن۔ یورس پینٹھ یورِ لفظ چھُ ترورلیو تہٕ بنان۔ تہٕ فارسی تہٕ اردو لیکھن وٲلس کاتہن مغالطن منٛز ترِاوان۔ ناکارہٕ رسمُل خط چھُ بوٚڈ وجہ یمہِ کنۍ کاشرِ زبٲنؠ ہنٛزٕ ترقی ہنٛز رفتار سخت تہٕ سُست چھےٚ۔ بے شک ۱۹۴۷ء یورِ یہ کینٛژھاہ سُدتہٕ چھُ پھرن لایق۔

کاشُر زبان گیہ نظمہٕ نثرِ رنگی مالامال مگر کاشرِ یمہ نکُ مسلہ چھُ میانہٕ خیالہٕ وُنہٕ ہیٚنی جایہ۔ امیُک ثبوت چھُ یہ زِ یتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ

کاشُر اخبار نیران ۔ دٕراو تہٕ یے کانٛہہ سۄ
دربوو نہٕ ۔ کاشرِ کتابہٕ چھِنہٕ اردو، ہندی
انگریزی کتابن ہندی پاٹھٕ بازرس منٛز
چلان ۔ یہ کیٛنٛژھاہ از تام کاشرین کتابن
ہندس صورتس منٛز چھاپنہٕ آیہٕ سۄ چھُ
یاد بین گھرٕ کاغذ کیمی کھیوان ۔ نہٕ کُنہ
سرکاری محکمہٕ کین شلفن منٛز جمع تہٕ دٕہ دِزان
اگر اسی حقیقت پسندی کام ہیٛتھ
کاشرِ زبٲنی منٛز لیکھنہٕ آمژن نثرچن تہٕ نظمہٕ
چن چھاپ گامژن کتابن ہندس توارنخس
سام ہیمو ۔ اسہِ ییہِ ٹاکارہٕ بوزنہٕ زِ ؤنِس
تام چھِ نظمن منٛز ہِمن لوکچن لوکچن گیون کتابن
بازرس منٛز نرٕ ھ کھنڈ منگ ۔ یمن منٛز ہِم گیون
باتھ چھاپنہٕ آمٕتۍ چھِ ہم گیون والیو مشہور کرٕمتۍ
چھِ کران ۔ کاشرس نثرس منٛز چھِ قبولِ عام کُہ
شرف ؤنِس تام صرف اَکِس کاشرِ کتابہِ ۔
معراج صلاح منہاج ملاح، ہس حاصل
سپدمُت ۔ یہ کاشرِ نثرٕچ کتاب چھِ سانہِ
وادو اہل تشعیہ گھرن منٛز ہیتھ کالہ پیٹھہٕ
از تام زینہٕ پیٹھہٕ قبرٕ وسنس تام لگہ استعمال
کران روزی مٕتۍ ۔ یہ کتاب چھا اہل تشعین منٛز
قرآن شریفہٕ پتہٕ بہ طورِ درسی کتاب پرنہٕ ناونہٕ
یوان تہٕ اوسے کُنہ چھُہ اکثر اہل تشعیہ زنانن
تہٕ مردن کاشر لیکھُن تہٕ پرُن زِگان ۔ سیٹھاہ
ممکن چھُ پترٕ کتابہ یا کرن کاشرِ کتابہ تہٕ رسمل
خط مقبول بناونس منٛز مدد ۔ مگر امہٕ قسمچ کانٛہہ
کام تہٕ چھِنہٕ سپدان ۔ جان تہٕ سائنٹفک
رسمل خط پاٹھرے چھِ موجود ۔ اتھ کُن توجہ
دیُن چھُ ضروری ۔

———— شاہد بڈگامی

## لُکن چھِنہٕ دلچسپی

میانِ کُنہ بُس ساروے کھو تہٕ بوڈ چیز
سانہِ ادبچہٕ ترقی یوتۍ نہٕ بلکہ پرتھ قسمچہ
ترقی منٛز رکاوٹ تراوان چھُ ۔ یہ چھُ سون
قومی مزاج ۔ ("قوم" ونن وِزہ پتین یہ لفظ
کاشرین لُکن تامے محدود دٕھاوان) اسہ چھِ
امہ رنگہ نہٕ بچہٕ خامی ۔ اکھ یہ زِ اسی چھہ
یہ تھ کُنہ چیزس زٕ کڈنٕکی قابل، اسہ منٛز
چھُنہٕ ؤ نہ زندگی ہندٕ ٹار تہٕ آیہ ؤہاں بس
یہ تھ رنگہ کین مشکلاتن زٲلیتھ نرادہ ہے ۔
اسہ چھُ امہ یمہٕ ورٲی خبر کُس لیتہٕ بھوٗرمُت
یمہ اسی زِن نرٲپہتھ تراوی مُتۍ چھِ ۔ ادے کُنہ
چھِنہٕ اسہ شکایت صرف یہ زِ زبان چھِنہٕ

ترقی کران ۔ بلکہ یہ زہ یوٗدوے اسی پتی مین
کینژن ووری ین منز واریاہ رنگہ برونٹھ
پکنہٕ ستی چھ ۔ تہ یہ چھ اسی کُلس پیٹھ نیندرہ
منتی ۔ اتھ سیتی چھ دوٚیم خامی یہ زہ اسہ
چھ "کاشر بھول" گومت ۔ کاشر زبانہِ یا تہٕ
دسہ چھ پارہیم گو لاب کاشرہ گو لاب کھو نہ
پارہیم آب کاشرہ آب کھو تہ یا پاریم ہوا
کاشرہ ہوا کھو تہ بیچھے کنہٕ یہ سہ کانہہ پاریم
چیز کاشرہ چیزہ کھو تہ رٔت باسان ۔ کاشر
بُیر سہ، کاشر لیکھتھ تہ کاشر زبان برونٹھ
کنُ پکناوِ ستھ چھُنہٕ عام کاشرس کانہہ فایدہ یا
مطلب باسان ۔

—— مظفر عازم

## سورے راہ چھُ حکومتس

موٗلیس کُن کُنمہِ وون ۔ دُہ واہ الجبر چھ تمہ ساتہ
کھنجہ گژھان یلہِ اسی پننہ زبانہِ ہند حال وچھان
چھ ۔ اَمچ بے کسی بیہ یاری تہ ناداری وُچھان
چھ ۔ وجہ کیاہ چھُ؟ بُزانہٕ زیادہ کینہہ ۔ میانہِ
کنہٕ چھ اَمچ ذمہ واری سائنس سرکارس پیٹھ ،
یو سہ خدا زانہِ کیا زہ اتھ زبانہِ گال کھالتھ
تراولس منز خوش چھ ۔ کینہہ کال برونہہ اسی
وننہ واجلی ونان زہ اُردو چھ کاشرہ زبانہِ ہندہ
باپتھ رکاوٹ ۔ میہ اوس نہ یہ استدلال مانس
حرج ۔ مگر میہ دُنی تہ سانہِ سرکارن کُس طے کوٚر
اُردو زبانہ ۔ پتہٕ درٛاو بیاکھ کادہ گاٹلہ طبقہ
کاشرس آے کانچھنک مقصد چھُ ہندی باپتھ
کشیرہ منز دَستہ سۄرنی ۔ یتھ زن اُردوس پانی
پانے بھوٚل گلہ ۔ یم تمام استدلال چھ فنداُتھ زی
تہ خود ساختہ ۔ یمن چھُنہ کانہہ بوٚٹ ہوٚٹ ۔
میہ چھ یہ کتھ بہیتھ زہ اتھ مامِلس منز چھ حکومت
ذمہ وار ۔ اگر زن سانہِ حکومت کاشرس پوچھ دین
ییہ ہے ۔ یتھمین وہن وری ین منز آسہ ہن اسہ
خبر کاتی منزل پیٹھ آوی منتی ۔ مگر وُنی زہ کس ۔ یلہ ییتھی
کو کر یہ اس راہ کس کھارو ۔

حکومتن اگر بر وقت زبانہِ منز اہمیت تسلیم
کرہِ منز آسہ ہے ۔ کو شر آسہے کالج درجن تام ووتمت
تالیمی ادارن منز آسہے پرناونہ یوان تہ نصابہ
باپتھ آسہے لٹریچر تھینہ یوومُت ۔ وونی چھُک
پانز مہ تام کوشر جاری کرنک اندار کوٚرمُت ۔
خدا بوزن انجام آسنس رٔت ۔

پننہ زبانہِ ہند حال ڈیشتھ چھُ میہ
موقہ واتان ۔ ییتہ چھ سانین ادیبن تہ شاعرن
ہنزہ کتابہ گدامن منز سڑان ۔ نتہ رُدی کاغذہ بدلہ

کُنٛنہٕ بوان۔ یوٚہ سۆ حکومت الورئٲبری سنٛز ہِ فضول کتابہٕ ساسہٕ وادلن روٗ ہین پیوان چھِ لس حکومتس اگر غار نقر آسہِ امین کاملین اخترمحی الدینن۔ ٹاک زینہٕ گیری، رہبر نٕ۔ ناز کی ٹٲبنہٕ کتابہٕ گژھن نہٕ کاغذ کیمٲہین ہندی بُزی۔ تہٕی دٕ پیوٗ لکھ کیاٚ زِ چھِنہٕ کتابہٕ موٗلی ہیوان۔ بُہ چھُس دپان تم کیاٚزِ ہیٚن۔ ہمٕن کنھ چھِ لکار۔ ہمٕن ییٚلہٕ نہٕ یِہ نٕے توٗگ ہمٕن چھُ اردو لگان پٕرن۔ تہٕ تم تم جابوسی دنیا بلا ناغہٕ پران۔

● ——— فاروق ناز کی

## ژھرراہ تہٕ ہٕنیہ نہٕ کینہہ

اگر کاشُر زبان از یتھ تہٕ پسماندہٕ چھِ ارمہ خاطرہٕ چھِ سانٛز ادیب تہٕ شاعر وارہٕ ہس حدس تام ذمہٕ وار۔ بُہ ہیمہٕ ییتہٕ لس کاشرہ زبانٛی ہندِ رفتارٕک سام۔ یتھ کالِہ یانے للہ ہندِ پیٹھہٕ مہجورس تہٕ آزادس نام ییٚس ادب بارسس آو ممکن چھُ زِ سُہ سوٗرُے وسہ نہٕ از تنقید چہ کھو چہ پیٹھ مگر یہ کتھ چھِ ییٚر زِ ہمو لوٚر بڈہٕ لول تہٕ خلوصہ سان اتھ زبانٛی گوڈ تہٕ پننہٕ مقدورہٕ موجوب کٔرکھ اکھ جوٗرت منٛد نہٕ لوابت تہٕ فٲیم۔ ہمٕن آسہٕ ییناچ تہٕ اکرا چِھ لاٗلچِ نہٕ دیتکھ امیکھ۔ بارٕسی زِ پگاہ کیاہ میلِہ ہمٕن ادبس منٛز تھز جایے۔

۱۹۴۷ء کس ادبس متعلق کینہہ ونہٕ ثروٗہہ چھ میٚہ اکھ دلچسپ کتھ یاد پیوان۔ زٕہ دوس آسی اکہ دوٚہہ زبردست بحتا بحتی کران تہٕ پامہٕ پام کران۔ دوشونٕی اوس پننہٕ جایہ خیال زِ تم چھِ دانایہٕ دٕہرٕ تہٕ عام ادبس پیٹھ چھُ عبور تھاوان۔ اتھ اندر وٚدٕ نِھ اکھ دوس بییس کُن "You are depthless" ژٕ نہٕ تہٕ میٚہ چھُ یہ فرق زِ میٚہ چھُ سمندرک ژوٚک تام وُچھمُت تہٕ ژٕ چھُکھ دری یاوک بُتھ"۔ بیاکھ دوس ووٚتھس بڈہٕ سنجیدگی سان تہٕ پننی کِنی بڈہٕ فلسفیانہٕ اندازس منٛز "دری یاوک بُتھ تہٕ چھُ پین اکھ سٕنہٕر تھاوان۔ سانہٕ از کال کہ ادبکُ المیہ تہٕ چھُ یہوے۔ سٲنی تم کینہہ ادیب تہٕ شاعر یمن پتھ میو دٕہو تہٕ ہوٚ وری یو پیٹھ لیکھان ووٚث (یا ادبس سیتہٕ منسوب وُوتکھ) ہمٕن چھُ خیال زِ یہ کینٛژھاہ ہمو لیوکھ (گوڈٕ لیو کھمتے کوتاہ چھُک) سُہ چھُ ہمٕن وُمرہ جاوِدان دِنہٕ خاطرہٕ کٲفی تہٕ تہندٕ ناو روزِ ہمیشہٕ ادبس منٛز پٕریز لان۔ ہنا غور کٔرتھ بے ہمٕن سنٛوٗ تم چھِ دری یاوہٕ کس سینس پیٹھ گاسہ کریٹاہ زٔن تہٕ ییران۔ تہٕ یہ کینٛژھاہ ہمو لیو کھمُت چھُ سُہ یمہٕ وِزہ ائی تنقیدی کھو چہ کھاران چھِ تہندٕ اول وانگنُ

چھُ نوٚن نیران ۔ ادب چھُ دورِ ہ رج کتھ، زبٲنی خاطرٕ
نہٕ کیاہ کوٚرمتُو ؟ گاٹی ہوسس نہٕ قہوٕ خانن منز
اکھ اکِس سندِس دستارس ادب لدٔنی تہٕ بنن
پان بہلہ پایہ ادیب یا شاعر ثابت کرنے چھُ
تہند واحد کاروبار ۔

یُو تام زن نوٕ پُیہ ہندِ وہون مطلب نوین
ادیبن تہٕ شاعرن ہند تعلق چھُ تمن کیاہ وَنو، رَتم
زن چھہ راوی متی، گردِ غبارس منز چھہ موران تہٕ
وَتھ ژھاران، تم چھہ بدقسمتی سان تتھ دورس
سیتی تعلق تھاوان ییتھ منز انسانی نفسیات چھہ
زبردست تغیر پدیر ۔ قدرٕ چھہ تیزی سان
بدلان ۔ ادبس منز چھہ نوٕ نوٕ تحریکہ تہٕ ہیئتہ
بارسس یوان ۔ اتھ دۆلہٕ منز چھہ تم بچارٕ
بدلے دہ لابن منز گیر گامتی ۔ تمن چھہ پننی
بجی تہٕ ذاتی مسلہ درپیش ۔ مول بوز دٕ زٕر ژگ
اکھ بوٚڈ عالم چھُ یو تام نہٕ موجودٕ ادیب تہٕ
شاعر امہٕ دہ لابہ منزٕ نیرن ۔ تھوس کام
کرن ۔ تو تام روزٕ ہمیشہ کاشرٕ زبٲنی منز
ترقی مویوس کُن !

بشیر شاہ

## وجہ چھا اکھاہ !

گوڈٕ نِیتھی وَنہٕ یہ زبانہٕ چھنہٕ محض شاعری
تہٕ افسانہٕ لیکھنہٕ سیتی اصل ترقی ہندی منزل
پراوان یا اکہ علمی زبٲنی ہند درجہ حاصل کران
زبٲنی منزٕ ترقی ہنز نشانی چھہ یہ زِ اتھ منز آسن
رنگا رنگ موضوعن پیٹھ کتابہ موجود ۔ مختلف
موضوع ورتھاوٕ نہٕ باپتھ گژھن زبٲنی منز
تکنیکی لفظن ہند گنجایش آسُن ۔ نوی لفظ تہٕ نوٕ
ترکیبہٕ گژھن گرنہٕ یِنہٕ بتھ گوڈ گوڈ مسلہ دٔھتھ
ورأیے ورتھاونہٕ یِن ۔ تکنیکی لفظ کاشراونس
منز تہٕ ترکیبہٕ گرنس منز چھُنہٕ وُنی تام اسہ
کنہی کوٚرمُت ۔ تکنیکی لفظ کاشراونی تہٕ ترکیبہٕ
گرنہٕ اکس کُن تراوِتھ چھُنہٕ وُنی تام کاشرٕ
زبٲنی ہند گرامر تہٕ ترتیب دِیتمُت ۔ دٔہن
وُری ین کوہ پراٹتھ چھہ کاشرٕ ڈکشنری چھکرس
کلچرل اکاڈمی اکھ ستہٕ زاو گگر بچہ لوٚ بمت ۔ تہٕ
یہ گگر بچہ چھُ ڈکشنری ہند گوڈ نیک جلد ۔

یوسہٕ ڈکشنری کلچرل اکاڈمی تیار چھہ کران
تتھ نسبت وَنہٕ بہ یی زٕ یہ چھُ لیتہٕ بیٹھٕ تین
تراونس برابر ۔ مختلف علاقن منز یم بیون بیوٚن
الفاظ، محاورہ، گنڈٕ تِبہ مروّج چھہ تمہٕ کیتھ پاٹھی

لبن اتھ ڈکشنری اندر جاے یہ کتھ چھنہ میہ فکرہ تراں۔

کاشر چھنہ صرف بتھ پتھرہ منز بولنہ یوان بلکہ چھ کشتوارس، بھدرواہس ڈوڈہس، گولاب گڈس، بانہالہ، کرناہ بڈہ نمبلہ، راز ویرہ منز تہ لکھ یہے زبان بولان۔ ڈکشنری بناونس منز نہ چھ یمن علاقن ہند کانہہ شخص ڈکشنری ستی والبتہ تہ نہ چھ یمن علاقن منز کانہہ سروے کرنہ آمت۔ دردی زبانی چھ کاشرس ستی اکھ اڑھبنہ واٹھ گربک تہ چھنہ کانہہ خیال کرنہ آمت۔

یمن حالاتن منز ہیکہ یگاہ کاشر ڈکشنری بازرنیرہ یہ کتھ حدس تام آسہ کاشرین لفظن ہند احاطہ کران۔ موجودہ حالاتن منز ولو یہ چھکیرس آسہ ڈکشنری شہرس منز مروج اکثر لفظن ہنز اکھ سومبرن تہ بس۔ اگر انہی کس طریقس پیٹھے کاشرہ ڈکشنری ہنز کام چلان روزہ یہ آسہ کاشرہ زبانی بوڈ بارہ نقصان تہ کبازہ بتھ پاٹھی ییہ زبانی زھو حیر۔ چونکہ ڈکشنری بناونی چھ اکھ زبٹھ کام تہ یہ کام چھنہ دوہے دوہے دردس ہینہ یوان۔

امہ موکھہ وانہ اکاڈمی اتھ کامہ ییہ ہن وسعت دنی۔ نتہ پیہ آسہ یگاہ غالبن یہ شار پرن

بہت شور سنتے ہیں پہلو میں دل کا

جو چیرا تو اک قطرۂ خون نکلا

کاشرس منز چھ زبانی وسعت دنس منز کام نکم تہ مٹھاسلہ زیادہ چلان۔ زبانی ہندی ڈگ دار تہ ژکی دار چھ کم مگر زبانی جمع خرچ کرن والی چھ زیادہ۔ کامہ خوتہ چھ کریکہ نادس تہ سلامہ کرنس مول۔ کام منز آو تہ چھ ذات و چھنہ یوان۔ یوّد وے عظمت تہ بجر یانی یانے کتھہ چھ کران۔ مگر یتہ چھ واریاہ شخص تتھی تہ یم پنن بجر تھیکہ ناوِ تھ دوّیمین اسمان ماوُن چھ یترھان واریاہ چھ تتھی تہ یم تہ پانہ کینہہ کران چھ تہ نہ چھ دوّیمین کینہہ کرنہ دوان۔ وونی ہرگاہ زبانی ہنزہ ترقی وتھ چھ تہ سو کیتہ۔ یتہ لکھ زہ غزل موزون کرتھ تہ اکھ افسانہ لیکھتھ مقام تھارن تتہ زبانی ہنزہ ترقی ہنزہ کتھ کرنہ چھ آبس جوب دنس برابر۔

## ترین زبانن ہند فارمولا؟

یوّد وے نیشنل انٹیگریشن کونسلن کرنو ترین زبانن ہند فارمولا منظور کو رمت اوس مگر کشیرہ منز رود یہ او ترہ تام لاگو نہ پیٹھ۔ وونی ییلہ

کہی تام کھی تام کأشرس پرأمری سکولن اندر دأخلہٕ حأصل سپُد۔ محکمہٕ تألیمن وچھ أچھی۔ تہٕ دٔوپُن اَدٕ کیاہ۔ سکولن منز چھ کتابہٕ، مگر پرٕناوَن وٲلی چھینہٕ۔ یم پرٕناوان چھِ تِمن نہ چھ رادُج خبر نہ چھُ ہونُز کِ پے۔ محکمہٕ تألیمکی افسر چھِ ڈل کاولاگیتھ گونٛژھ تُلی اُشناہ کران تہٕ کأشرس ٹھوکچن گِنذان۔

محکمہٕ تألیم چھُنہٕ صرف اکے زندہٕ کأشرس سیتی دٔورہٕ ماجہ سنٛد سلوک دِلی کہ چھُ یہ سلوک تِمہٕ وِزہ زبادے نٔون نیران۔ یِلہٕ سکولنٛی ہنٛدٕ بابتھ کتابہٕ مُلی چھِ ہیینہٕ یوان۔ دویمین زبانین ہنٛزٕ ادنی کتابہٕ چھِ لائبریرین اندر واتان مگر کأشرٕ زبأنی ہندین بہلہٕ پایہٕ لیکھن والین ہنٛز اکھ کتاب تہٕ چھِنہٕ مُلی یوان ہیینہٕ۔ ووٚنی ہرگاہ کانٛہہ کتاب مُلی ہیینہٕ تہٕ یِہ تھ چھِ خاص حالات آسان۔ تأجب چھُ یہ زِ یمن کأشرین کتابن اکاڈمی ایوارڈ دِنہٕ آے میچ نہٕ سکول لائبریرین اندر جایہٕ۔

کأشرٕ امتحانات؟

کأشرس منز یوٚدوَے ووٚنی یونیورسٹی امتحانات تہٕ چھِ ہیینہٕ یوان۔ مگر کیاہ؟ یمن امتحانن اندر سپدن نہٕ تو تامت ژٕدری لڑکہٕ شأمل یوتامت نہٕ تِمن بنِنس بِگہس نسبت کانٛہہ ضمانت حأصل سپدِہٕ۔ زبأنی فروغ تہٕ فروج دِنہٕ بابتھ پزٕ ہن حکومتس تِمن لڑکن خاص مراعات دِنٛی یِمو کأشر امتحان پاس کٔرِی مٕتی آسہٕ ہن۔ ووٚنی یِمن پرایمری سکولن اندر کأشر پرٕناونہٕ یوان چھُ، گوٚڈٕ پرایمری سکولن ہنٛدٕ بابتھ ماسٹر بھرتی کرنہٕ وِزِ کأشر امتحان پاس کرُن اکھ لأزمی شرط قرار دِنہٕ یِن۔ تہٕ تِمن اُمیدوارن گژھِ گوڈنیچ الوٲری دِنہٕ یِنہٕ یِمو کأشرٕ امتحان پاس کٔرِی مٕتی آسہن۔ چونکہ تِژھ کانٛہہ کنتھاہ چھینہٕ لہٰذا کِنتھ یأگھٕ کروآسی توقع زِ ژٕدری لڑکہٕ سپدن یمن امتحانن منز شأمل تہٕ زبأنی لگِہ پوچھر۔

کأشرٕ زبأنی منز چھُنہٕ تحقیقس کُن کانٛہہ خاص توجہ کرنہٕ یوان۔ آزادس پتہٕ کٔرِ نہٕ اَکس دون شخصن ورأے بیہ کأنٛسہٕ تہٕ یہ کأم دِل دِتھ۔ ووٚنی زن کرہٕ ہے تہٕ کانٛہہ لس چھِنہٕ زندہٕ روزنچ کانٛہہ سبیلاہ تہٕ کیازِ تحقیق کرُن ما چھِ گنِدہ بأشہ اتھ چھُ دوہس تہٕ راتس کٔنِی کرُن پیوان۔

کلچرل اکاڈمی پزِ زِ سو کرہٕ تِمن لُکن ہنٛدٕ بابتھ خاص وظیفن ہنٛد انتظام۔ یم یہ کأم کرنہٕ تہٕ کنزٕ ہاہ ماوُن لایق ترٲوِن بازر۔

● ـــــــ موتی لعل ساقی

# محفِل!

## غزل | غلام محمد غمگینؔ

بیہ سو کھ چھُ من تہٕ کُڈ پٕ زندگی سوال مہٕ کر
وُلتھ چھ جامہٕ غمکۍ ازخوشی سوال مہٕ کر
کمَن دلیر شُہن شتندرَن زھو کیو مُت شرَ
دِلن چھ نال وُلتھ مفلسی سوال مہٕ کر
دِلس چھُ توس زِ انٛدری گوٚمت چھ لوس وَٹھ
گلن مُشتھ چھ گیتر دلبری سوال مہٕ کر
یمِن نہٕ شوق دِ لگُ منٛزلس وُچھو نا بُتھ
تِمن لکارِ یار رہبری سوال مہٕ کر
گَھان چھ دزہٕ وِنے زِبتا یہ سایہٕ بدیٚ ارمان
بہٕ چھُس دوٚہے دل کران خود کشی سوال مہٕ کر
ہُوس آمار بہٕ احساس اِیتر رسوائی
ضمیرِ مِیانہٕ زرہٕ چھے میٚانی دِرے سوال مہٕ کر
پِچیہٕ نے گیاس بہٕ غمگینؔ ساقین دوٚپ نم
چھ خالی بانہٕ گمتی خمُ خانہٕ زھری سوال مہٕ کر

○

## غزل | شفیعؔ شوق

ییٚنہٕ کھُند لگہٕ لوٚب کُن تھاوِیو کنٛز
قبرن تامتھ ہہرنا وِیو کنٛز
رَنتھ بانہٕ گٔژھان بیہ دگ چھ وۄتھان
بیہ کیاہ! مجنونس لاٚیو کنٛز
منٛدوری چھ شیرتھ فِہلس منٛز
کُن دِمہوس ووٚنی پر کھاوِیو کنٛز
بَدنیتھاہ چھو ہم گوڈ بھٹہٕ نیو
تھوٚد دوارہ اتھن کینتھ تھاوِیو کنٛز
یہ چھُ لال ہُہ پِل بہٕ دل ہُہ جگر
کھوٚٹ کوسہ چھو پہ کھاوِیو کنٛز
چھوہ شیشہٕ محلس منٛز روزان
تلسا وُچھو آسہٕ لاٚیو کنٛز
ماحول چھُ ظالِم ہا نِٹھ یہ چھو
گو پالنس لِہ تو ہیٚ سٲوِیو کنٛز

○

## غزل | غلام نبی ناظر

عشق ییلاچ دِلک یہِ بوٗل اَمی سیتن
گلالہٕ چھمُت داغ یہِ پھوٗل اَمی سیتن

لیکھِتھ ژٕ یہ چمن پیٹھ زٕ مصرٕ بہوہیے ستارہ
یوان چھُ نظرٕ اگر یہِ ہوٗل اَمی سیتن

میٔہ کھال یہِ درٕ ژٕ ڈیکس تمام تارکھ نب
ژٕ یارِ وُنی زٕ اڈبرن ووٗل اَمی سیتن

یہ ماژ یہ خندٕ کوٗرتھ چھو کُن وٕژھم دگ ہش
چلو یہ پوشہ چمن تہٕ پھوٗل اَمی سیتن

چھُ چون خالس منز ینوٗے میٔہ گاش انان
سٕ ژھایہ ہوٗل نظرو نہٕ ڈوٗل اَمی سیتن

یہ چانہٕ دیدارُک ہوس چھُ اُش ہاران
میٔہ نظرٕ ہیٚند داما نہٕ چھوٗل اَمی سیتن

خیال تسند یوٗشیاہ وچھس اندرٕ ناظر
اگر یہ موصُم دِل تہٕ پھوٗل اَمی سیتن

## تخلیق | منظور ہاشمی

آسمانا، آ یہٕ بوٗٹ
نیبرٕ نیبرٕ کران
سٕتٕ آمیانا، چھُ یہٕ خبری خبرٕ
انجمن درٕ انجمن تارٕ کن ہندی کاروان
ملو ہتھ قدم - !
یتیٚن مسافر کوٗت گژھن ——— ؟
پٕھ بن کتھاہ !!
تانٕ دم کینہہ، کینہہ چھ دم پھٹ ہی گژھتی
نوٗسِتھ پیمتی، سوٗرتھ پیمتی
تو نہٕ کران رہبری
آسہٕ مابتر اُتہٕ ہند کانہہ آدمی
راتٕ کینٹ ووٗ کھلی تران -

## کیمیائی پاش ہند استعمال !

ییتھ میوٚ کنیٚر وُری لوٚ ہیٚتھ چھِ کیمیائی پاش ہند استعمال وار یاہ سپدان ۔ مگر ہیتھ مقدارس منز اُسی ییتہِ کیمیائی پاہ ییتہِ ورتاوان چھ سُو چھُ سیٹھاہ کم آسان وار یاہ کاشتکار بایے چھ وُنہِ تہِ کیمیائی پاہ استعمال کرنس کھوژان ۔ امیُک نتیجہ چھُ نیران زہ اکھ چھ ہم پاہنہِ گاٹس منز روزان تہِ دوٚیم چھُ اسہ سارنہِ ہنٛی بحیثیت مجموعی نوقصان واتان ۔ اتھ سلسلس منز چھ کینہہ علاقن ہنز کینہہ خاص کُریتھ مثالہِ لایق ۔ یمہ کینہہ زانتھ چھ ضروری زِ کیمیائی پاش ہندہ استعمالکی فائدہ گژھن زیادہ صاف تہ واضح ۔ ییٚتھ زن یمتھ کاشتکار بوے کیمیائی پاش ہندی بیوٚن بیوٚن قسم استعمال کرہِ تہِ پننس پیداوارس ہُرہ کرہِ ۔

وار یاہن چھِ یہ کتھ تہِ کنن گژھان زِ گھر پاہ ترٛاوتھ چھ کیمیاوی پاہ ترٛاونچ کانہہ ضرورت ۔ مگر یہ خیال چھُنہ دُرست ، یوٚسہ پاہ اسہ لتہِ موجود آسان چھ تمیُک وار یاہ حصّہ چھ آسی ہوٚ کھِہ ناوان تہِ زالان ۔ یمہ کنہِ آسی پننس زمینس منز آہلانہ ہیدا بتو موجوب گھرہ پاہ ترٛاوتھ چھنہ ہیکان ۔ گھرہ پاش ہندِ لیُ مقدار آسہ زمینس منز ترٛاوان چھ تمہِ سیتی چھینہ زمینس بڈ پوان ۔ ییلہِ نہ زمینس بڈ آیہ اتھ منز استادہ فصلن چھُنہ پورہ پوٚر خوراک واتان ۔ یمہ کنہِ سایس پیداوارس پیٹھ تہِ چھُ اثر پیوان ۔ یمن کتھن پیٹھ قوٚلو لبنہِ باپتھ چھُ زمینس منز گھر پاش سیتی سیتی کیمیائی پاش ہند استعمال کرن ضروری ۔ ماہرانہ ہدایتو موجوب چھُ کیمیائی پاہ استعمال کرنہِ سیتی زمینہِ ہندِس بوجرس تہ زرخازی منز ہُرہ سپدان ۔

ییتھ زمینس منز کیمیائی پاہ استعمال کرنہِ ییہ تمتھ چھُ پیداوار ہُران ۔ کیمیائی پاہ ترٛاونہِ سیتی چھُنہ گُل صرف پیٹھے یوت بڈان تہ زیٹھان بلکہ چھُ امیُک مول تہ زمینہ لوٚن تام وسان ۔ امہ سیتی چھُ چھیکرس زمینس طاقت بنان ۔

وارِ یاہن جاین چھُ یہِ زِ وُچھنہٕ آمُت زِ زمیٖنس منٛز چھِہ ناوُہِ خاطرٕ کیمیاٗئی پاہ تراوُن پیوان۔ لہٰذا چھِہ زور فایدٕہ حاصل سپدان۔ کھاد تراوُن وول چھُ زانان زِ بلہِ کورُم پونٛسہٕ خرچ۔ مگر حقیقت چھِہ یہِ یِتھہٕ پاٹھۍ انسانس صحت مند تہٕ طاقت ور روزنہٕ باپت مناسب تہٕ متوازن غذا ہُنٛج ضرورت چھِہ۔ تِتھےٚ پاٹھۍ چھِہ گُلس تہِ اَمِچ ضرورت۔ یَتس زمیٖنس منٛز کھیٚتہٕ بیٚلہِ نہٕ انسان زور قدم تہٕ تُلِتھ ہیکہِ اکھ فصل دِنہٕ وول گُل کِتھہٕ پاٹھۍ دِیہِ زور پاداوار۔

کیمیاٗئی پاٗش ہند استعمال چھُ سیٹھاہ فایدٕہ مند۔ پوٹاش کھاد۔ سری کھاد یا سُرٕہ کھاد تراوُنہٕ سیٖتۍ چھُ فصل وُدی وُدی بیتس منٛز لگان۔ کیمیاٗئی پاٗش دِژناوُنہٕ سیٖتۍ چھِہ سگ دِنٛچ ضرورت تہٕ کم سپدان۔ یوٗنامت نہٕ زمیٖنہٕ ہنٛد خرچ گومُت طاقت برابر کرنہٕ یِیٚیہ تو تامَت ہیکہِ نہٕ اَتھ منٛز لوٗہ وَری یہِ فصل جان پاٹھۍ پرتیٖتھ۔ زمیٖنہٕ منٛز کم قوت برابر کرنہٕ موجوب چھُ ضروری زِ اَتھ منٛز یِیٚیہ گھر پاٗش علاوہ کیمیاٗئی پاہ تہٕ تراوُنہٕ۔

وارِ یاہو بیو چیزو علاوہ چھُ گُلس ترٛن چیزن ہنٛد ضرورت زیادٕہ آسان۔ یِم ترٛیٚیہ چیز چھِہ فاسفورس پوٹاش تہٕ نائٹروجن زمیٖنہِ چھِہ فاسفورس گھر پاٗش علاوہ سُرٕہ کھاد یا سری کھاد تراوُنہٕ سیٖتۍ مہیا سپدان۔ یِتھن چھِہ بیاکھ کتھ تہِ وَننہٕ لایق زِ سری کھادِ منٛز چھُ فاسفورسہٕ علاوہ نائٹروجن تہٕ موجود۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھِیہ یہِ کھاد زٕ چیز فراہم کران فاسفورس تہٕ نائٹروجن تہٕ۔

## کیمیاٗئی کھادن ہنٛزٕ مختلف زاتہٕ تہٕ یِہنٛدۍ کاشُرۍ ناو۔

چھِہ یِتھہٕ پاٹھۍ:-

(۱) ڈے امونیم فاسفیٹ = سری کھاد یا موٗنگہٕ کھاد

(۲) سُپر فاسفیٹ = سُورٕہ کھاد

(۳) امیونیم فاسفیٹ = کھنڈٕہ کھاد

(۴) کیلشم امیونیم نائٹریٹ = کرٕہ کھاد

(۵) یوریا = سوبو دانہٕ کھاد

(۶) سُوریٹ آف پوٹیش = پوٹاش کھاد، یا نونہٕ کھاد

● ——— حبیب اللہ زرگر

# خلائی پوشاک

## بچن ہندِ خاطرٕ سائینسی معلومات

زٕونہٕ ہندس پتھرس پیٹھ پکی ونیک تام ژورٕ انسان۔ زٕ گوڈٕ نچہ لٹہٕ یم اپالو "۱۱" کس منز زونہٕ پیٹھ کھتی۔ زٕ دوٚیمہ لٹہٕ یم اپالو ۱۲ ہس منز اور وٲتی۔ اپالو "۱۱" کس تہ اپالو ۱۲ ہس منز آسی ملہ تلہٕ ترٛیہ ترٛیہ انسان۔ مگر نٕٹے نٕٹے ؤتھی زٕونہٕ ہندس پتھرس پیٹھ۔ توٚ ہیٚ زانہٕ شوٚکھمیت یمن خلا بازن ہنٛد پوشاکہ کیٚتھ اوس؟ .....

کیا یہ پوشاک اوسہٕ سونے ہیو؟ ..... نہ ہرگز نہ!

خلا بازن ہنٛد پوشاک چھُنہٕ سون ہیو پوشاک آسان یہ چھُ سُہ پوشاک یُس نہٕ از تام کانٛسہٕ انسانن زمینہٕ پیٹھ لگومُت چھُ۔ یہ پوشاک چھُ خاص پاٹھی یہنٛدی خاطرٕ تیار کرنہٕ آمُت۔

زٕونہٕ ہنٛد درجے حرارت چھُ دۄن قسمن ہنٛد۔ آفتاب چہ روشنی منز یعنی دۄہلہ تیوت ژورزٕ انسان پیہ مُنھی پھلکی پاٹھی بُزنہٕ۔ رۄتلہ یا سایس منز تیوٚت کم زٕ سُہ گژھہ شِشر گانٛٹہ ہنٛدی پاٹھی لگتھ۔ لحاظا آو اکھ تیتھ نوٚو پوشاک ایجاد کرنہٕ یُس لاگتھ انسان زندٕ روزن۔ نہ چھہ بزنے یوان نہ یخہ سیتی لگتھی

گژھان۔ یو ہے نوٚو پوشاک چھُ سُہ پوشاک ییتھ "خلائی پوشاک" وَنان چھِ۔

خلائی پوشاکس چھ وارِیاہ تاہ آسان۔ اکھ تاہ چھُ بارِیک سٹیل نایلانک بنیومُت یمو بارِیک نالیو منزٕ چھُ آب نیران آسان۔ امہ سیتی چھُ خلا بازٕ سُند جسم اتھ پوشاکس منز یکساں درجے حرارت قایم تھاوان۔ یہ درجے حرارت چھُ تیتھ آسان ییتھ اندر اکھ انسان بلا کُنہ تکلیفہٕ پننہ کانٛہہ کام کرتھ ہیکہِ۔

بتاپن پیٹھ چھُ اکھ لوکٹ بوکُس آسان۔ اَتھ چھ "میکٹ بوکس" وَنان۔ اَتھ منز چھُ آکسیجن گیس آسان۔

آکسیجن چھُ زندہ روزنہٕ خاطرٕ ضروری۔ زُونہٕ پیٹھ چھُنہٕ آکسیجن گیس موجوٗد۔ خلاباز س چھُ یہ آکسیجن اَمی بوکسہٕ منزٕ مُہیا سپدان۔ لہٰذا چھُ یہ خلابازٕ سُند زُو بچان۔

خلائی پوشاک چھُ خلاباز س کلہٕ پلہٕ ولان خلابازٕ سُند بُتھ چھُ آسان اَکِس خاص قسمہٕ کِس شیشہٕ بیٚس تل ژوٗرِ۔ یہ شیشہٕ پوٚٹ چھُ کرہن آسان۔ یہ شیشہٕ پوٚٹ چھُ خلابازٕ سٕندٮ۪ن اَچھن محفوظ تھاوان۔ خلائی پوشاکس سیٚتی چھُ کھتھ باتھ کرنٕک سامانہٕ لگیتھ آسان۔ دٔیم خلاباز چھُ یہ کتھ باتھ وائرلیس کِہ ذٔری بوزان۔

خلائی پوشاک چھُ موجوٗدٕ سائینسی ترقی ہنٛد اکھ موٗلہٕ وُن کارنامہ۔ سائنس دانو ہیٚوک لچھ بوٚد روپیہ خرچ کٔرتھ یہ خاص پوشاک تیار کٔرتھ۔ یم انسان زُونہٕ پیٹھ یا مختلف سیارن پیٹھ کھسن تمن آسہٕ بیٚنتھ پوشاک لاگٕنۍ !!

● ——— او۔این کول

# غزل | جگن ناتھ ساحرؔ

غم مہ بر بُید کالہٕ اوٚبرن ڈوٗل اسمان ژٕ یارٕ ی
لات گرٛژھ کوہ سہ بیٚتہٕ صبح پیٚہ موٗخنہٕ چھکراوان ژٕ یارٕ ی

ناغر یوٚد کوٚر مُت زندوار ساقیس غم کیا زٕ بُلی
زُونہٕ گاشس تاب راوِتھ عالم گژھ ابجیان ژٕ یارٕ ی

حُسنہٕ کِس شہرس اندرٕ یامت عشق گوٚو تھامہٕ ہیو
لس مدلوارس تیس گیہ نظرٕ بٔنیہ ژھانڈان ژٕ یارٕ ی

کرٕ قدر لولس ییٚ چھے ازلک ازل۔ ابدُک ابد
بیتھ جنونس ماے بٔھریہ چھُ نغمہٕ وُزٕ ناوان ژٕ یارٕ ی

دورٕ تُتھ وقتن یہ ساحرؔ روٗدلس وُنہٕ تہٕ یُدی وُچھان
ژونگ زالتھ ڈراس ژھانڈنہٕ ژھانڈ ہن انسان ژٕ یارٕ ی

# "کاشُر ادب"

## خاص نمبر

گژھِ جون جولائی سنہ ۱۹۷۰ ہس منز چھاپ

★ یہ نمبر آسہِ کاشرین رسالن ہندِس تأریخس منز اکھ نۆو منزلُک نیب

★ یہ آسہِ کلاسیکی تہ ہم عصر کأشرِس ادبس پیٹھ تحقیقی، تخلیقی تہ تنقیدی قلم پارن ہند اکھ موٗلہٕ وٕن دستاویز۔

★ امہِ نمبرہ خأطرہ چھہ تیأری أزی کہِ پیٹھی شروع کرنہٕ آمٕژ۔ سارنی ادیب دوستن چھُہ عرض زِ تِم سوزن پننہِ تخلیق۔